ولیم شیکسپیر

# کنگ لیر

ترجمہ

ناجی منور

ناو : کنگ لیر (کاشُر ترجمہ)

ترجمہ کار : ناجی منور

چھاپ : شالیمار آرٹ پریس سرینگر : فون :- 76972

تعداد : ۵۰۰

سالِ اشاعت : ۱۹۸۹

موُل : اکھ ہتھ پنٛژہ روپیہ (Rs. 125/=)

کِتابت : افضل اندرابی

میلنگ پتہ :- ناجی منور
ساپرن۔ کولگام کشمیر
۲۔ کشمیری لینگویج سوسایٹی، سرینگر

یہ چھس ریاستی کلچرل اکادمی ہُنٛد شکر گذار
ییمہ مینہ یہ کِتاب چھاپ کرنہ خاطرٕ کمٕ کاسہ
مالی مدد کوٗر۔
(ناجی منور)

## ترتیب :-

# کِردار

- لیئر ..... برطانیہُک بادشاہ
- فرانس .... فرانسُک بادشاہ
- برگنڈی ... برگنڈی ہُنٛد ڈیوک
- کارنوال ... کارنوالُک ڈیوک
- البانی .... البانی ہُنٛد ڈیوک
- کنٹ ... کنٹُک ارل
- گلوسٹر .... گلوسٹرُک ارل
- ایڈگر .... گلوسٹرُن نیچو
- ایڈمنڈ .... گلوسٹرُن حرامُک نیچو
- کوران .... اکھ درباری
- اوسوالڈ .... گونرلہِ ہُنٛد درباری
- بُڈ ...... گلوسٹرُن اکھ کاشتکار
- ڈاکٹر ★ مسخرٕ
- گونرل }
- ریگن } لیئرنہ کور
- کارڈیلیا }
- خدمتگار۔ درباری۔ سپاہ
- مخبری بیترٕ

●

# سَرنامہ

یِتھ زبانی منٛز نہٕ یوٗنانی ڈرامہ تہٕ شیکسپیٖرنی ڈراما ترجمہٕ
سپدیمتۍ آسن تَمہٕ زبانی ہنٛدِس ڈراماہس منٛز آسن لازمن غلط
رِوایژ پادٕ گَمژٕ تہٕ تِتھ ہیٚکہٕ نہٕ صحی وۄتھ بوٚ میلِتھ۔ یوٚدوے کاشرِس
ڈراماہس پننۍ پانٕژھر روایت چھیٚنہٕ مگر اَتھ چھےٚ لوٚہ خیتہٕ فنکی مرتبہٕ تراوُنہٕ
باپتھ یوٗنانی تہٕ شیکسپیٖری ڈرامہن ہنٛزن ٹیکنیکن ہنٛد فایدٕ ضروٗری تُلُن
اَمہٕ علاوٕ چھےٚ یہ پزر آسی تھےٚ زِ یِتھ دُنیاہس منٛز انسانی صوٗرتحال سمجھنس منٛز
چھےٚ یِم ڈراما ساروے فلسوفو تہٕ زیادٕ مدد دِوان تہٕ اَسی چھےٚ یِمو منٛز آگہی تہٕ
حظ حاصل کران۔ یِم پزر نظرِ تل تھاوِتھ کٔر یوٚو میانہٕ شیکسپیٖرہٕ تِن دوٚن ڈرامہن
ہنٛدۍ تہٕ سفوکلیزنہٕ "کنگ ایڈیپس" ڈراماہک ترجمہٕ۔ جولیس سیزرُک
ترجمہٕ چھُ اَز برٛونٛہہ واریاہ وری چھاپ سپدیومُت تہٕ اَز چھُس "کنگ لیئر"
کاشرِس منٛز برٛن والین پیش کران۔

ترجمس متعلق چھےٚم اکھ کتھ لازمن وَنٕنۍ زِ شیکسپیٖرنہٕ کِنہٕ تہٕ ڈراماہک
ترجمہٕ گژھہِ شاعری منٛز سپدُن یِتھ پاٹھۍ زَن یوٗنانی ڈرامہن انگریزی
زبانی منٛز صرف شاعری منٛزے سپدیومُت چھُ۔ یِم ڈراما چھِ ڈراما آسنس
سٟتۍ سٟتۍ عظیم شعری تخلیقہٕ تہٕ۔ ٹی. ایس. ایلیٹ سُند یہ قول چھُ اتھ حقیقتس
موزوٗن لفظن منٛز پیش کران۔

"اَسہِ گژھہِ یہ آش آسنۍ زِ شیکسپیٖرس ہیٚکہٕ شاعر لیکھ پننۍ

بہترین شاعری تمن سینن منز یم ساروے کھوتہ ڈرامایی
آسن۔ یمہ ستی یہ سارِوے کھوتہ ڈرامایی چھ بنان تمی
ستی چھ یہ سارِوے کھوتہ شاعرانہ بنان۔ تمے ناٹک
چھ سارِوے کھوتہ شاعرانہ یم سارِوے کھوتہ ڈرامایی
چھ۔"

(ٹی ایس ایلیٹ: شعری ڈراما: منتخب مضمون)

میہ چھیہ جولیس سیزرکی پاٹھی کنگ لیئرس تہ منظوم زبان دِنس
ستی ستی شاعرانہ زبان دِنچ تہ کوشش کرمژ۔ شعری ڈراما چھیہ بنیہ
جایہ اکھ الگ صنف بیتہ نثری ڈرامانشہ مختلف اسلوبی شرط چھ۔

ناجی منور

کاپیرن
جلے۔ ۱۹۸۸ء

●

# دیباچہ

روایتہٕ کنہِ چھُ ونان زِ ولیم شیکسپیٖر زاو 23 اپریل 1564ء
سٹرٹیفورڈ چان شیکسپیٖرنہٕ گرِیس کاہہ یوٗڈ امیراوس نہٕ۔ سُہ آو گرامر
سکول سوزنہٕ تہٕ تَتھ تعلیم ہیچِنہٕ حاصِل کرٕتھ۔ اَرداہ وُہرِ وٲنِتھ آو سُہ
النی ہیتھاوے ناوِچہِ اکِس کورِ سِتۍ خانہٕ دار۔ سُہ گو لنڈن تہٕ اَتہٕ کٔرِن
تھیٹرچن مختلف سرگرمین منٛز شرکت۔ اَتھ دوران رُود سُہ شاعری تہٕ
لیکھان۔ تٔمۍ سٕنزِ ازدواجی زندگی متعلق، ایکٹر آسنس متعلق تہٕ باقی کینٛہہ
متعلق چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ کینٛہہ شَوقہٕ پاٹھۍ معلوم۔ وفات گو تٔمۍ پنٛنِس ہمعصر قلمکار
چھِ منٛزی منٛزی تٔمۍ سٕنٛد حوالہٕ دِتھ تٔمۍ سٕنٛد زمانہٕ مقرر کران۔ مختلف تواریخی
شہادژ تۄلِتھ چھُ ونان زِ سُہ چھُ پننِس زمانس منٛز اکھ مقبول ڈرامانگار، ایکٹر تہٕ
شاعر اوسمت۔ تٔمۍ سٕنٛز شہرت تہٕ مقبولیت رُوز پرتھ دورس منٛز برقرار بلکہ زمانہٕ
پتھ زمانہٕ رُوز ہُران۔ تٔمۍ سٕندِن ڈراماہن آے پرتھ دورس منٛز نۆوۍ نۆوۍ
معنے کڈنہٕ۔ ٹی، ایس، ایلیٹ تس یتھ خیالس منٛز چھُ زبردس پزر زِ "پرتھ
زمانس چھُ پننے اکھ شیکسپیٖر"

شاعری علاوہ چھِ شیکسپیٖرن 37 ڈراما لیکھۍ متۍ یمن منٛز ٹریجڈیہ
تہٕ چھِبہٕ تہٕ کامڈیہ تہٕ۔ بیہ وَنِن چھُنہٕ ممکن زِ یمہ ڈرامہو منٛز کُس ڈراما چھُ
سارِوے کھوتہٕ عظیم مگر بیہ چھِ اکثر نقاد زور دِتھ ونان زِ کنگ لیئر
چھُ سارِوے کھوتہٕ عظیم ٹریجڈی، یوٗد وَتے سیٹھہ کیوہو آزی ماتو کٔرِ اَتھ منٛز

کینہہ اہم کوتاہیہ چھیہ۔ عام پاٹھی چھ وننہ یوان زِ کِنگ لیئر ہیکہ نہ سٹیج سپدِتھے
الزبتھی سٹیجس پیٹھ اوس کُنہ حادثہ تام ممکن یِکیاز تیلہ آسی تماشہ بین بصری
حِسّس کم تہ تخیلس زیادہ کام ہیوان۔ مگر اَز کِہ سٹیجہ کہ تصورہ مطابق چھ
اَتھ ڈرامہس منز واریاہ سین تِتھ یم خالص شاعرانہ ہنر مثالہ چھیہ تہ سٹیجس
پیٹھ بن نہ ہیٚونے۔ اکھ اکھ ٹاکارہ مثال چھ سُہ سین یتھ منز گلوسسٹر اڈن
سپدِتھ خودکشی چھ کرُن یژھان۔ کھوَرِتھ اُکِس شٹرس آدانس پیٹھ، مگر
ایڈگر چھس بالہ کھنگرِ تصور دِوان تہ دِیان چھس ترٛاوِ وٕٹھ (وُچھِو
ایکٹ: IV. سین VI)۔ شیکسپیرُن چھ تاثر بڈراونہ باپتھ لیئرنس مرکزی
پلاٹس لریوٚر گلوسسٹرُن پلاٹ تہ اَتھ منز شامِل کوٚرمُت۔ یوٚدوے مُتعدِّد
ہر برچھ سپدان مگر سٹیجہ کہ لحاظہ چھ امہ سٹیجہ قبیح پاد سپدان زِ کِردارن ہنٛد
تعداد چھ ہران تہ ہیرن وٲلۍ تِہند توجہ چھ تقسیم سپدان۔ سٹیجہ لحاظہ چھیہ
اَتھ منز سارِوے کھوتہ بڈ دشواری لیئرُن کردار پیش کرُن۔ لیئرُن
کردار ہیکہ صِرف پرنس دوران تصورس منز یتھ۔ سٹیجس پیٹھ یاسہ سُہ بقول
چارلز لیمب "محض اکھ بڈ مہینۍ واہ اکھ لوٚر ہیتھ سٹیجس پیٹھ اور یور کران"۔ پرنہ
چھ زِ بیلہ رِتلہ شاہ لیئر بیابانس منز طوفانس سیتی جنگ چھ کران، سُہ چھ
امہ طوفانک اکھ اَتھ ہیٚن حِصہ باسان۔ بیتر یُم طوفان چھ تمی سندس منس
اندر طوفانس سیتی پوٚر پاٹھی ہم آہنگ، مگر یہ تاثر چھ پرنس منز یے حاصل
سپدان۔ وٕہِ گوو اَسہِ ہیٚنہ یاد تھاوُن زِ شیکسپیر اوس پانہ پننہ زمانہ کہ
سٹیجک وٕہ ستاد۔ تہ تمی چھ یہ ڈرامہ پننہ زمانہ کہ سٹیجکی لوازِمات تہ

آمہِ چھہ سارِنے روایتہٕ نظرِ تل تھاوِتھ لیکھنہٕ آمت۔

کِنگ لیئر چھہ کالس پیٹھ اَندی کِس پیرن وآلس اکھ طویل شاہکار ڈرامائی نظم باسان یتھ منز شاہ لیئر منزٕ بے یاتہٕ ڈیل چھہنہٕ بلکہ کل انسانی ذاتہٕ ہندٕ المیہ چھُ۔ انسان یُس پنٕنہٕ نکارٕ دعقلہٕ کام ہیتھ یرِ تھ قدمس لامحدود بےاُمیدس پیش کالس ستی متصادم چھُ۔ لیئر چھُ اَسہِ منز پرِ تھ کانٕہہ یُس یتھ ازائنس کائناتس منز اکس المناک صورتحالس منز ہیپہ چھُ آمت پہ چھیہ شیکسپیئر سنٕز فنکاری زِ سُہ چھُ شاہ لیئر سُند اکھ مناسب مرکزی کردار اَتھ سلطنتٕ ہندِس پرِ تھ کانٕسہِ شخصس اَکھ عذابس منز شامل کران یُس سانہِ فطرت تہٕ چھیہ انسانٕ ستی ستی انتشارس تہٕ کرِس منز گرفتار باسان۔ ڈرامہس منز چھُ پرِ تھ جایہ نیبر ژٕم دُنیا تہٕ لیئرنٕ اَندر ژٕم دُنیاہ اکھ اَکِس ستی ہشر کھاوان۔

گول، گنی بتراتھ اُلراوُن تہٕ کرتن

بس سوٚرِے سوٚم ہر طرف

فطرتک قالب ژہنٕن پھٹراوی تھے

تم زوٗلہِ ساری کرِ تھ یکدم فنا۔

ناشکری انسان یم زنمس انان

انسانٕ صورت حالک المیہ چھُ ڈرامہس منز زِ متوازی پلاٹ شامل کرنہٕ ستی عالمگیر باسان۔ اکہِ پاسہٕ چھُ لیئر اکھ بادشاہ آسنہٕ کہِ حیثیتہٕ پنٕنی سلطنت باگراوِتھ شاہی فرض مشراوان تہٕ اکھ مول آسنہٕ کہِ

جیٚنِتھ پننِس اَکِس اولادِس پیٹھ ظُلم کران ـــ دۆشوٕنی صورتَن منٛز
عقلہٕ استدلالس تہٕ انصافَس خلاف گناہ کران نہٕ بیٚیہِ پاسہٕ چھِ گلوسٹر
بوزنس پیٹھ پرٛدہ کَرِتھ عقلہٕ استدلالس تہٕ انصافس خلاف بغاوت
کَرِتھ پننِس وَفادار اولادِس پیٹھ ظُلم کران۔ لیٖرس تہٕ چھِنیہٕ فطرت
انتقام ہیوان تہٕ گلوسٹرس تہٕ۔ مگر اَتھ ستی چھِ معصوم تہٕ
بےٚ قصور شری کارڈیلیا تہٕ ایڈگر بے پناہ دۆکھ تُلان۔ یِم تہٕ ہیوی
پلاٹ چھِ وارہ پاہن جاین اَکھ اَکِس ستی رَلان۔ گلوسٹرس چھِیہٕ
لیٖرس ستی ہمدردی تہٕ امی ستی چھِ ایڈمنڈس تمِس خلاف سازش
کرنُک موقعہٕ میلان۔ ایڈگر چھِ جلاوطن سپدان تہٕ اَتھی منٛز چھِ شہٕ
گلوسٹرس سۆکھ واتہٕ ناوِتھ ہیکان۔ بیٛاکھ چھِ ایڈمنڈ گونرلہٕ تہٕ
ریگنہٕ ہِس دِوان۔ جنگ کرنادان تہٕ آخرس تباہ کران۔ بیٛاکھ چھِ ایڈگر
پاگل آسنُک سانگ لاگِتھ لیٖرس تہٕ پاگلاڑی ستی ہشر یادِ کران تہٕ آخرس
پیٹھ چھِ ایڈمنڈس قتل کَرِتھ لیٖرس تہٕ تختُک حقدار بنان۔ ییٚمن دۆن
پلاٹن ہِنٛد ہشر چھِ ڈراماہکس معنیٚس آفاقیت بخشان یَتھ کُن گلوسٹرنی
یِم لفظ اشارہٕ چھِ کران:

گلوسٹر: آ۔ زوٕنہٕ تہٕ سیری لیٚیِن یِم گرہنہ کوٚ وقتہٕ
لگی تِم چھِنہٕ اَسہٕ کینٛہہ بہتر۔ یۆدوے عقل اَتھ یِتھ
پاٹھی یا تِتھ پاٹھی تاویل کَرِ دٲکھ یِتہٕ یہ دۆنی پوٚنس
ینتہٕ پیدان چھِ تَمہٕ ستی چھِنہٕ فطرت زَنتہٕ تہٕ داوی۔

سپدان۔ لول پتہ نان، یارانہ ژھینان، بوے پہ بلے
شنہ، شہرن منز بغاوت، گامن منز تنازعہ، محلن منز
سازش تہ مالس تہ گوبرس رشتہ ژھینان .....

(ایکٹ I ۔ سین II)

یوٗدوے ظاہری طور تیٚتھ ڈراہس منز دنیاہکی دوکھ تہ ستم آسمانی
چھہ باسان نہ تیم پاڈ کرنک قوت وتھ انسانس ہنبر چھہ باسان، مگر
کِرداران پوٗرپاٹھی تہ شنتھ نظر تراونہ پتہ چھہ تیمن ساریے دوکھن
تہ ستمن ہنز آگر چھہ فردن ہنز کرن کراوٗن باسان۔ گلوسٹرس
بیٚلہ اچھ نہ کور تھ چھہ نوان، سُہ چھہ کرٚیکھ دِوان:

یُس حشر سیٚتھ شرہن بش چھ پچھن
دیوتاہن بڑوٚنتھ کتہ آسہ تسے حشر

[ایکٹ I ، سین I]

مگر یہ وقتی کرٚیکھ چھِنہ تمیٚ سُند اصلی کردارچ ترجمان۔ سُہ تہ
باقی ساری کردار چھہ جاپہ جاپہ دیوتاہن تہ غائبی طاقتن رحیم تہ
مہربان زانان۔ یہ چھِنہ کرداران ہنز غلطی یا کرداران ہنز پوشیدہ
"المیہ قبح" یُس سُلہ یا ژہیری تمن زوال پتھ انان تہ مصیبتن منز
آدران چھہ۔ البتہ پتھ جاپہ چھِنہ بیہ انصاف قایم روزان۔ اگر بدس
ہمیشہ بلہ سے واتان آسہ ہے تہ نیکس نیک تتھ دٚنو شاعرانہ انصاف
مگر زندگیہ منز چھِنہ شاعرانہ انصاف نظر گژھان، اتہ چھیہ معصوم

کارڈیلیاہے پناہ دِنہٕ کھ تلیتھ بدی ہٕنٛدِین طاقتَن ہٕنٛز شکار سپدان

تہٕ نیک دِل کنٹ تہٕ ایڈگر چھہ پتہٕ تھ فارمس پیٹھ قیامت وتراوان

یہ چھُ زندگیہ ہٕنٛد اکھ ٹاکار پزرِیُس شیکسپیٔرن قایِم چھہ تھوومُت

اوٚ کنہِ چھُنہٕ کیٚنٛژن نقادَن ہُنٛد یہٕ الزام زِ ڈرس نہٕ کارڈیلیا ہٕنٛد

مرُن چھُ ڈرامہَس منٛز غار ضروری۔ البتہٕ شاعرانہٕ انصافس پیٹھ

وٚپھتھ چھُ شیکسپیٔر بدکردارَن ضرور شکست دِوان۔ ایڈمنڈ،

گونرِل تہٕ ریگن چھُ انتقامی دیوِ یہٕ ہمیشہٕ بتھ لگان تہٕ پانہٕ فنا

سپدان بدی چھُ شکست میلان مگر نیکیہ ہٕنٛز آنتھ رُوس قربانیہ

پتہٕ۔ کنگ لیئر ڈرامہس منٛز چھُ عذاب اکھ تعمیری عذاب۔ کردار

پتھ بیٚنہٕ ناقص عقلہٕ کام ہیتھ اپتری کران مصیبتن منٛز ہینہٕ پیوان

تہٕ ہیچھان۔ دِنہٕ کھوتہٕ ستی چھکھ مِنک کھوچہ ژٹان، مزازک

ٹیچھر میٹھان تہٕ ذہنک کھر سپدان۔ یوہے نہٕ جبہ چھُ زِ دِنہٕ کھ

ہٕنٛز چھہ ساری ڈراماہس منٛز دِنہٕ کھ سیٹھاہ تخرتہٕ تہٕ جبروٗتہٕ سان

وتران۔ کنٹ چھہ خاص کرِتھ بتھو کرداروہ منٛز اکھ ییٚش دادی

تہٕ دِنہٕ کھ پانس پیٹھ ہیوان چھُ۔ ایڈگر چھُ اکہِ بچر بیٚپَن ہٕنٛزو

غلطیو کنہِ مصیبتن منٛز ہینہٕ پتھ ساری ستم وتراوان۔ مسخرس بِندِ

کردارس منٛز تہٕ چھُ دِنہٕ کھ تُلنک تہٕ وتراونک اکھ خوبصورت

انداز ـــــ اکہِ اکہِ چھُ ساری کردار دِنہٕ کھوتہٕ ستمو ستی بالغ سپدان

تہٕ گاٹہٕ جار چھکھ ہینہٕ ہینہٕ ہٕران تہٕ آخرس چھکھ موت اکھ شیہل موقعہٕ

بنتھ بڑو نٹھ کُن یوان۔ خاص کٔرِتھ چھُ یاہ لیئر مٔینہ کارڈیلیا
ہنز کوچھ منز کلہٕ ترٲوِتھ موٗدِ ساز بوزِتھ تہٕ تمی ہنٛد بوٚیہ سۄو
ستی زٔنتہ نوٚو زیوان۔ یا چھُ ینزی زٔنتہٕ مرِتھ نوٚو زمس یوان:
لیئر: کیاہ زکوٗر تھم ظلم کوٗڈ تھس قبرِ منزٕ؟
رحمتس منز چھکھ ژٕ روح
نارٕ گرِ کینہ چھس گنڈتھ
(ایکٹ IV : سین VII)
اُتھی موقس پیٹھ چھُ سُہ اقرار کران:
لیئر: عرض کوٚرزے مےٚ توٚ ژٕ کرتم مذاق
سیوٚد تہٕ شوٚد اکھ بڈ بۄڈ بیٹھیوٚمُت بہٕ چھس
(ایکٹ IV : سین VII)
تمِس چھُ پننین ییٚمین غلطین ہنٛد احساس سپدِتھ پچھتاوٕ لیوان
تہٕ بیٚیہ اکھ پھِر چھُ محبتک شوٚد جذبہٕ محسوس کران۔ پچھتاوٕ تہٕ محبت
چھِ ژٕلیتھ تمِس آزادی ہنٛد سبق ہیٚچھِناوان تہٕ سُہ چھُ نجات لبان۔
یکھ اَتھ وٕ زٕ ندانہٕ ہے
اُسی زٕ پانس زٕ ن کھیس منز جانور جوٗر یاہ گیوو
بٔبلہٕ تہٕ وہم منگ دُعا، یکدم وٕسے سجدس نٔمتھ
پس دٔپے بخشم گناہ
زندگیہ ہنٛدی تتہ دوہ یکی گذاروٚ ییتھ کنتھ

دُعا کرِو۔ آسہِ گیوان پرٛانِن کتھن پھیرٕ پھیرٕ دِوان

اَسہِ چھُو سہ پزٕ کھژر تہٕ پوٗنپُر ہیٛتھے

بس بُے پھِر رٕک اُستاد کرِو

خبر دربارٕچ پرٕژھان آسہِ مارن، چارِن کلبن

زیُون کٔمی تہٕ ہور کٔمی

ژاوِکُس تہٕ دژاوِکُس

(ایکٹ V : سین III)

کنگ لیئر چھُ دُنیاہٕچ عظیم ٹریجڈیو منٛز اکھ، مگر خوف تہٕ رحم غالب آسنس سیتی چھُ اتھ منٛز ٹریجک تہٕ احساس سپدان۔ ٹریجڈی چھُ اتھ منٛز گوڈٕ پیٹھٕ اندس تام اکھ زیریں لہر یُس تیتھ خوفس تہٕ رحمس زیادٕ شدت بخشان۔ چنانچہِ کینٛژن جاین چھُ مشکل وَنُن زِ یہ چھا کامیڈی کنہٕ ٹریجڈی۔ لیئر چھُ پانہٕ گوڈٕ پیٹھے مسخرانہٕ حرکژ کران تہٕ تمہِ سٕنٛدٕ پنٛنین کورِن یہ پرٕژھن:

ژٕ سہ کور لوٗ تہِ یکنٛ بی تَو مینہٕ زِنش

زیُو وٕنی تَو کُس ہٕ کوتاہ لوٗ چھُس

(ایکٹ I ۔ سین I)

یہ چھُ گوڈٕ نیتھے ہاوِتھ دِوان زِ تس چھُ مزازس منٛز طفلانہٕ شوق۔ سُہ چھُ پانس سمجھان، نہ پنٛنین کورِن تہٕ نہ پنٛنین دوستن تہٕ دُشمنن۔ اَمہِ ٹریجڈی واقعہٕ نیتھ چھُ ڈراماہَس منٛز بجایہ جایہ تتھی منظر

تِژھ حرکژ تہٕ حالژ ہیم طربیہ آسِتھ ہیٚرن دٔ آلِس لرزٕ پاوان چھِ تہٕ المیہ پہلوٕ وَس زیادٕ شِدّت چھِ بخشان۔ خاص کرٔتھ چھُ مسخژ سُنٛد کِردار ظاہری طور سنجیدٕ انسانَن ہٕنٛزِ عملہٕ ہنٛدِس بے معنیتس نٔنراوان تہٕ سورُے چھُ باسان شُری تماشہٕ ہیٚوٗ۔ ڈرامہَس منٛز چھِ سارٕ وٕے کھوتہٕ مہیب سیٖن بیاباِنَس منٛز ییٚتِن لیئرُن اُصلی مٔژرٕ، ایڈگرُن نقلی مٔژرٕ، مسخرٕ سُنٛد پیشہٕ وَرانہٕ مٔژر تہٕ فطرژ ہنٛد طوٗفانی مٔژر یکجا گژھان چھُ۔ گٔگرایہٕ تہٕ تٕرٹہٕ چھیٚہ انسانٔنی صورتحالس پیٚٹھ اَسن کھنگالہٕ ہیوٗ باسان۔ حتاکہ کارڈیلیا یہٕ ہنٛد اچانک قتل سپدُن تہٕ چھُ آخرس پیٚٹھ اتفاقک اکھ آہتناک مخولہٕ باسان ییٚلہٕ زَن ساری حالات وٕنی تمی سٕنٛدِس حقَس منٛز سپدان چھِ۔ پروفیسر ولسن نایٹ چھُ مناسب باٹھی کِنگ لیئرس COMEDY OF THE GROTESQNE یا وِکھژارک طربیہ وَنان۔



# ایکٹ : I

## سین : I : شاہ لیرنہ محل خانک دربار

کنٹ، گلوسٹر تہٕ ایڈمنڈ چھ اژان۔

کنٹ : بہٕ اوسُس زانان زِ بادشاہ سلامت چھِ البانی ہندِس ڈیوکس کارنوالکس ڈیوکہٕ کہِ ہشند کھوتہٕ زیادٕ پانٕنۍ کران۔

گلوسٹر : اسہِ تہٕ اوس ہمیشہِ یی باسان، مگر وونی بیٚلہِ سلطنت باگرٕ تہٕ آے یکسِ چھنہٕ نیران شہ کَس ڈیوکَس چھ زیادٕ پتر تھ کران۔ تکیٚشاز باگراونس منز چھ تیوٚت ہشر تھاونہٕ آمت زِ کوتاہ سوچنتھ تہٕ ہٚکہ نہٕ کانہہ یشکوٕ کرِتھ زلی شند حصہٕ کیٚا چھ زیادٕ رٕت۔

کنٹ : مےٚ ڈٕنی تو تعالیٰ جناب یہِ چھینا تہند فرزند؟

گلوسٹر : اہن تعض رٕچھنہٕ کنزٕ ہیےٚ دٕ چھو تیٚلہٕ چھ یہ ہیےٚ رقٕ چھمت۔ پتھ گوٚ اُمس پنٕنن فرزندونس ہیٚتھ تعمُس بہٕ ازتام تیتہٕ پھیر منِد چھوٚمت زِ وونی تمُس یہِ ڈیلہٕ زِ تہٕ بےٚ مند چھی گوٚمت۔

کنٹ : مےٚ زَن لوٚگ نہٕ کینہہ اَتھ۔

گلوسٹر : اَہٕ اَہٕ اُمی سٕنز ماجہ ہیٚکہ ہیے لگتھ (ڈمب)۔ ہنزٕ رٕ چھ یی زِ

رُٔن کرٕنہٕ بڑٕ دٔچھے اُس تَس یَڈہٕ نبر ورٕاہنٕ تہٕ پتہٕ زاس

(یہٕ) نیچو۔ اَدٕ تمے ہیٚرٕ چھا اُمس منٛز کینٛہہ نقص لبنہٕ یوان؟

کنٹ : آسہٕ تیٚ لبنہٕ یوان نہٕ تتھ کیاہ کٔری زٕ۔ تمیٚک نتیجہٕ چھ منا۔

گلوسٹر : مگر مےٚ چھ پَنُن اکھ پٔشتی نیچو تہٕ، سُہ چھ اُمس زٕ ٹیٚٹھ

وٕری کھنڈ۔ سُہ چھ مےٚ اُمی سٕندہٕ کھوتہٕ زیادٕ ٹوٹھ۔ موٗن زٕ

یہٕ بدماش آو دچاپٕے پانٛہی تمس بڑٕ دٔچھ تہٕ نیہس یوٚزانی

ہنٛز موج آس سیٹھاہ رٕژ۔ اُمی سٕندِس زیچنس منٛز اوس اکھ

لطفاہ یوان، تَوے کِنہٕ چھ مےٚ یہٕ حرام زادٕ پَنُن مانُن۔ ایڈمنڈ!

ژٕ زانہٕ ہنا یہٕ محترم۔

ایڈمنڈ : نہٕ حضٕ۔

گلوسٹر : یم گژھے میانہٕ۔ عالی جاہ کنٹ۔ بٔیہٕ یور گژھن یم میانی محترم

دوس زانِنی۔

ایڈمنڈ : بہٕ جناب چھس حاضر۔ حکم کٔری تو۔

کنٹ : بہٕ برٕ تعہ ہیٚرٕ ماے۔ بہٕ یٔژھ تٔہنٛز یوٚر پانٛچھی زان کرٕنی۔

ایڈمنڈ : جناب! بہٕ کرٕ تتھ قابلِ بننہٕ کوشش۔

---

ئ : شیکسپیر چھ جایہٕ جایہٕ لفظٕ ظرافت ورتاوان۔ کنٹ چھ وَنان [I CAN-

SIR, THIS YOUNG تہٕ گلوسٹر چھ یور وَنان NOT CONCEIVE YOU

FELLOW'S MOTHER CO.۔ کاشرِس منٛز ہیٚکہٕ۔

گلوسٹر : یہ اوس نوٚن وٲری ییٚن اڈری تہٕ ووہ ژ تھس بییہ گژھن۔

—— بادشاہ سلامت پھہ ادرٕ یوان۔ (اَندرٕ چھییہ کنہٕ کنہ گژھان)۔ (شاہ لییرٕ، کارنوال، البانی، گلونرل، ریگن، کارڈیلیا تہٕ نوکر چاکر چھہٕ اژان۔)

لییر : ہے گلوسٹر! نیر گژھ۔ فرانسہٕ کین برگنڈی ہنٛدین آغن تہٕ گژھ خاطر کرکھ۔

گلوسٹر : بہتر جناب!

(گلوسٹر تہٕ ایڈمنڈ نیران)

لییر : رازداری ہنٛد چھہٕ اکھ منصوبہٕ۔ اُسی یاد تھ کرو۔
ژم یہ نقشہ یوٗری کُن۔
زانی تو تہٕ سلطنت اَسہٕ ترین حصن منز باگراو
اَسہٕ چھہٕ دوٗر، محکم یراد۔
یوراُسی تراود پتھر ییتھ وآنسہٕ منز۔
سایہٕ نے فکرن تہٕ اندیشن ہنٛد یہ بور۔
اُسی یہ پتھر ونوجوانن، زور چھکھ
بورٕ روٗس موتس کنہٕ پانس لمو
ٹاٹھہٕ گوٚبرا کارنوالا!
ژہٕ تہٕ! البانی، ژکم کینہہ چھکھ نہ ٹوٹھ

اَسہِ چھِیہٕ مرضی اَسی کرَو ایلان زِ کورِ ہٕن کیاہ دِمَو

یتھ زِ پگہکی نیاے اُزی اَتھ رٕٹھ ژھنَو

فرانس تہٕ برگنڈی ہٕنٛدی شہزادٕ تہٕ

کانٛسہِ کچِہ شہزادٕ ہٕنٛدِس مجلسس منٛز

پانہٕ وٲنی گامٕتی رقیب

مجلسس منٛز بازِ تہٕنہٕ مۆے کچھ کیٛنہٕ بیٛٹھ رٕوزِ تہم چہٕ دَربارس اندر

ازِ تَمن اَسہِ دِیُن جواب

تَلہٕ بِی کور ہٕو یکُن بِی تو ہیٛہ نٕش

زیٛوٕ وٕنی تَو کَس پٕہ کوتاہ ٹوٗٹھ چھِس

کیا زِ چھُم سَپُدن مۆے دٲنی محروم پانٕ تختہٕ نِشہ

سَلطنتُک ہٕنٛز فکرٕ، دریاپُچ پریشانی ہیٛہ تراَو

وٕنی تو ووٚنی کس پٕہ کوتاہ ٹوٗٹھ چھِس

یتھ زِ اَسی تہٕ یور تیٛزراہ فیاضی ہاوٕ ہٕوَو

یوت ہٕ فطرت تہٕ زانہہٕ ہاوتھ ہیٛکی

گونرِل! زٕ ٹھ چھکہ توے گوڈٕ نیتھ ژٕ وَن۔

گونرِل: آغہٕ! وَنہٕ کیاہ! نیٚوت محبت چھُم تِہ

ہیکہٕ نہٕ زانہہٕ تہٕ لفظن منٛز وٕنِتھ

ٹوٗٹھ چھُم زیادٕ ییٚمہٕ اَچھ گاشہٕ نِشہٕ، گُل زگتہٕ نِشہٕ، مۆکٕلٲنِشہٕ

آسہِ تِن کوتاہ موٗلُل، نایاب کیٛہنٛہ، تِمہٕ نِشہٕ

زندگیہ نِشہٕ، صحتہٕ نِشہٕ، حُسنہٕ نِشہٕ تہٕ یَنٛز تہٕ نِشہٕ

کالُشہٕ بِشرِ تاپس نہٕ ازتان آسہٕ دِتٕھ مُت یوٗت لول

تالہ ازتان آسہٕ نہٕ زانہہ یوٗت لولاہ وُچھمُت

محبتا تیتھٕ تاہ زبانہِ چھُم کران

یوٗت باوِتھ ہیٚکہٕ، چھی ہم تِمہٕ نہٕ زیادٕ ٹوٚٹھ ژٕ

کارڈیلیا: (پانسے کُن) کارڈیلیا کیاہ کرِ کھ وونی! لول بَرٕ خاموش بَہہ۔

لیئر: وُچھ سا۔ ییٚژراہ سلطنت۔ ییٚمہ لانہٕ پیٚٹھہٕ ہتہ لانہٕ تام

یَتھ اندر چھی ہم رٕہ شہلہ وَن، ہٕیرِ، مادان رٕکیہ چھی

ہرطرف ہیم گاسہٕ مادان، دَریاہ دُریاوہ مُنٛزٕ

کوٗرِ ہیم ساریِ ژٕ دِتمے، ژٕ یہٕ تہٕ چانین وآرِثَن۔

رٕنگینی، ٹاما چھی ژٕ منٛزِ م کوٗر چھکھ۔

چھکھ ژٕ کارنیوال ہیٚنٛز آشینٛز۔ ژٕ وَن۔

رٕنگن: میٚنٛہ چھُم سُوے آدٕ رَن یُس بیٚنہ چھُم

زآژ تو میٚنہ چھُم محبت چھوٗن، لُتھ

میٚنہ کرِ تو وونی بٔڑ ہے ہش بخشاہ

تِمہٕ زن نی میانہٕ دلہٕ منٛز کتھ وَن — وَپھ اوٚڈٕ

بیٚژرہٕ ہن آمہٕ ییٚچ نہٕ اظہار ہے کرِتھ:

چھُم میٚہ داواسارِوے خوٚشیوٚ نِشے چھُس بے نیاز —

خوٚشیہ یمہٕ، ییم قیمتی احساس زانٕہہ وٕنیپہرٕ نہٕ ہیکن

چھُس فقط بو تہنٛزٕ مایی منٛز لبان سارِے خوٚشی

کارڈیلیا: (پانسےٚ کُن) ہاے پانٕو چھِکھ چھوٚنے

دٕ یُپھ کیاہ زٕ چھِکھ ؟

پٔزِ ہٕنے چھُم دِل چھُم بُرتھ، چھُم نہٕ یوٚد زٕ یُہِ پیشہٕ کٔہنی

لیئر: زٕ یہٕ نہٕ چانِہن وآری ژٕن کینٛہ چھُم ہہ حِصہٕ اکھ حکومت

گوٚنڈ لہٕ تیٚس نیٚشہ بہٕ تمہٕ نِشہ چھِنہٕ کم

ہوٚلہٕ کِنہٕ یا رتبہٕ کٔنہ —

میاہ آۍ جِگری چھِکھ زٕ یوٚد وے کم عُمر

چھِکھ نہٕ کم کینٛہہ، میانہٕ جِگرک کھوٗنٹ چھِکھ

چانہٕ معصوٗم لولہٕ بایتھ

پزاہ ژٕن فرانسک شراب — برگنڈی ہِنٛد شوٗز دود

ژٕن سآوٕن کیاہ چھےٚ ژٕ نٕ ؟

نِکھ بیٚنِن ہِنٛدٕ کھوہ نہٕ لوٚڈ ینا مہ زٕ ے

ژٕن سآوٕن، کیاہ چھےٚ ژٕنٕ ؟

کارڈیلیا: میانہٕ آغہٕ، کٔہنی نہٕ۔

لیئر: کٔہنی نہٕ!

کارڈیلیا: کہنہ نہ

لیئر : کینہہ نہ منز نیران کہنہ نہ ۔ بیئیہ ژونن

کارڈیلیا : چھس بہ بد قسمت ز دل مئے ہیچہ نہ آسس منز زبہنے

لول چھم میہ چون تیو' نے یوت زن آسن گژھم

رژھ نہ کم کینہہ ، دژھ نہ ژور

لیئر : ہاے کارڈیلیا! بہ کرژھ کتھ ، سرنچ اَتھ پیٹھ بیئیہ ہنا

ہیژھ نہ اَتھ پیٹھ قسمتھے پھیر تہ گژھی ۔

کارڈیلیا: جان گو و اَدہ مہاراجہ آغو

پاد کرُ تھس ژیئے ، نہ رُ چھنمس کا پنجھتس

یوت پزر تیو' تاہ بہ والان نکھہ حق

چاڈی چھس تابع ، چھسے محبت کران ، یزتھ کران "

کیاز نیلہ خاوند پننی چھکھ ژ آری ہتی

یوٗد اگر ہے میٗنہ زانہہ خاندر کوٗرُم

اَکہ چھصاہ تیٗلہِ ہیمہ لولک دمہ پننس خاوندس

نیہ نصف خدمتھ ، نصف محبت سُہ میٗون

کرَہ نہ زانہہ نیتھر بیٗنن ہندی پاٹھی بہ

ماگی ہے دمہ لول سورُے

لیئر : بہ چھکھا پزی کنی وَنان ؟

کارڈیلیا : آجناب، پزٕی کنٕی وٕڈ نَم

لیِیر : ہیٚشِر کم سِن، چھکھ ژٕ ہیٚشِرا بے رحم!

کارڈیلیا : حضرتو! ہیٚشراہ بٕہ کم سِن تِہٕشِر بو پُزٕی یار چھس

لیِیر : جان گَمہٕو اَدٕ جان گوٕو، اَسی نے پیٚزِہ ے تیٚمِن ادٕ داج زٕیے

آفتابکہٕ پاک نوٗرک چھُم قسم

چھُم قسم ہیکٹِہ[۱] ہٕنٛدٕ بِییہ چھم ظلماتک قسم

چھُم قسم میٖہٕ تارکَن ہٕنٛدٕ گردشُک

لُبس دٕوان اَسہٕ زندگی تہٕ موت چھُ

اُزٕ یکہٕ پیٚٹھہٕ گٔے ختم سآرے ماکٕ مآے

گوٚو ختم خوٗنک سہٕ رِشتہٕ، ٹاٹھنیار

وُنکہٕ پیٚٹھہٕ چھکھ اجنبی میآنِس دِلَس کرِتھ

اَکھ تہٕ وحشی سیتھیاکی[۲] یا تہٕ کانٛژہ ہاہ

بوٚچھہٕ کیٚنٛزٕ لُبس آسہٕ اولادس زٕ ٹیٚتھ مارِتھ کھیوان

آسہٕ ہیٚتھ سہٕ یتھ دِلس منٛز، تیٚتھہٕ ژٕ چھکھ

ژٕ، یُس سہٕ کرِ نام آسکھ کوٗر میآنٕ!

کنٹ : رحم۔ عالی جا! رحم

لیِیر : خاموش۔

---

۱ : HECATE ۔ جادٕچ دیٖوی۔ ۲ : (SCYTHIAN) قدیم سیتھیاہک بےکیمن۔

اجدرس تہٕ ننمٕ سندس غضبس اندر ہرٕ ترٛاو زنگ
سارے پٔنٕش ٹاٹہٕ اٹھم ــــ زٕ ونمت اوسم پیہے جرٛس اندر
خدمت کرٕ وٕم

دوٗر گژھ میا ہوٗا اچھو لشہٕ!
قبرِ منز آرام دِنہٕ حاصل گژھیم
دِل میہٕ ژٕنمت اوسمس، واپس ہیمس
بشاہ فرانسس نادکری تو۔ کُس کرٕ پس؟
شاہ کارزوال، البانی تہٕ برگنڈی زمین
داج دِنہٕ کورمن ژٕنیم لیس، یہ اکھ تہٕ تمہنے منز کرٕو
رٔون اُمی شُند گُو وکپر بیتھ پنز رامہٕ ناوکوٗر
چھس پٕتہ ہیہ دِنہٕ بادشاہی اختیارن منز کران یا ہم شرکت
تہٕ ہیہ چھس پُتران پَنَن طاقت، پننہ عظمت تمام
ماتحت اکھ ہِتہ سپاہ پانس تھٕوتھ
اُسی تھٕوو تہٕ ہیہ نش ہیچ رینہٕ وار داری
بس شہنشاہ ناوتہٕ القاب اُسی پانس تھٕوو
حکمرانی، مالیہ تہٕ سلطنت ــــ گوٗبرو پٕ چھس پُتران تہٕ ہی
تاج بخشان چھس تہٕ ہی، باگراو پاینہٕ وانی
(تاج پَنَن بخشان)

کنٹ : شاہنہٕ بٔڈ شاہ لیٖیر !

ہر ہمیشہٕ بادشاہ زانِتھ میٚہ کوٚر ہوٚ احترام

موٗل زانِتھ، آغہٕ زانِتھ ماے تہٕ ہیہ بُرہٕ چھمو

دُعایہٕ خارس منز تہٕ رۄٚد مت تہٕندسے خیال ـــ

لیٖیر : وُچھ ! کمان چھیم چارہٕ ۔ تیٖر نشہٕ بچیتھ ژٕ روز

کنٹ : جان گوٚو لگی تن لِشانس ۔ کوٚہ یُس تاراج دِلہٕکس دیٖنہٕس

بے ادب، گُستاخ وَن کنٹس، لیٖیر دیوانہٕ گوٚو

ہے بڈا ! وٕ تمہٕ ژٕ کیاہ ہیکہٕ ہم کرِتھ

کیاہ چھکھا سونچان فرض کیاہ کھوژہٕ تہٕ کرِ دم ژٕ یہٕ نش ؟

حکمرانی آسہٕ بیٚیہ پادٕن پیوان خوشامدس !

صاف گوئی شوٗبہٕ یِنہٕ تھ

آسہٕ بیٚیہ زٕن شان شوکت احمقازی نش نمان

عکمرانی تھاوِ پانس تام تہٕ

ژاپہٕ ساری ژٕ کھہٕ تہٕ عقل ڈیٚکہٕ تھاو

زندگی داوس پٕہ لاگِتھ چھس وَنان

چھے یٕہ کم محبت کران کار ڈیلیا

ییٚس یٕہ زبوٗ زانہٕ آسہٕ ژھُر ہُمٹ ہیٚش وزان

لولہٕ نشہٕ خالی تُہند دِل آسہٕ یٕہ

لیئر : ژۄ اگر درکار چھےٚ، کنٹ، ژٕ بیٚیہ کانٛہہ کٕنھ ہ کرٕ

کنٹ : چھم گرٕ وٕتِھتھاو ہژٕ بہٕ ژۄٕ ہن
دشمنَن چانین خلاف
خوف ہرگز چھُم نہٕ بوٚ دِوے ہاہ بہٕ
چھُس بٕرٕ دان روزُن سلامت ژٕ ے گوٚ ژھکھ

لیئر : دٕرٕ رگژھ میانہ اُچھو نِش !

کنٹ : تو نہٕ وٕ نہٕ ہے اُچھ مژرٕ، دٕچھ وار پاٹھی
روزٕ ہے ییٚنہٕ بورٕ تہٕ نظرن تٕلے

لیئر : چھُم اپالو سُند قسم ــــ وٕ ہٕ ژٕ ......

کنٹ : چھُم اپالو سُند قسم ،ہے بادشاہ
دیوتاہن ہنٛدٕ قسم دِوان ژٕ ٹٕلی کران چھکھ

لیئر : ذلیلہٕ ! بدمعاشہٕ !
( شمشیرِ پیٹھ اتھ تھاوان )

البانیہ کارنوال : حضرٕ تو ماٹھی دِ بوس

کنٹ : پٕچھ کرُن یکدم قتل پننے حکیم
مرض یُس چھُے تَتھ دِوان گژھ پانہٕ سگ
چھم لیوٚتاں شہہ رگ ، توٚتاں روزٕ ے وَنان
چھکھ کران ناحق گوناہ

لیئر : بوزنا فرمانہٕ ! پَننہِ دِ غیکہٕ پاسہ دِ وٕ زِ یوگُن ژٕ بوز

چھکھ کران کوشش زِ وعدس بوگو ژھس منکر گرٕھن
چھم نہٕ جرأت واعدزاہٕ پھِرٕ اونک
کیٛبر کوتاہ چھےٚ
نٲصلس میانس تہٕ میانس طاقتس منز باگ بٕزتٕر آوتھ زیہِ زنگ
سون مرتبہٕ سون طبعت ہیکہٕ نہٕ برداشی کرتھ
اَسی کرو ثابتھ پنٕن مرتبہٕ
تہٕ زِ نتہٕ نہٕ انعام پکھ
اَسی وعان مہلت زیہِ چھی پانژن دوہَن ہنز ـــ گژھ تیار
کھش کھرہٕ بونیشہٕ بچ تہٕ پانس ـــ
شیٚمہ دوہ ییٚمہٕ سلطنتہٕ منز چھےٚ کڈن منحوس پان
سلطنتہٕ منز کانٛسہٕ یوٚ دوٗچھ
دُہی مہٕ دوہ تہٕ چون کو ڈمٹ پان دِچھ
آسہٕ سوٕے گژھ بچانہٕ موتچ
گژھ دفاہ ! ژل
چھم قسم جوٗ پیٛٹرن
حکم ہرگز ہیکہٕ نہٕ وونی واپس بٕ رٔنتھ
کنٹ : بادشاہ ! الوداع تیٛلی
وونی جلاوطنی اندرہٕ آزاد چھس
(کامرڈیلیا یہٕ کُن) بے گناہ شہزادی !

سایِس تَل ژٕ یہٕ ژٕ چھنے دلیوٗتا
پوٗز ہہٕ زِ دو نمہ تی دِ دٔ نمہ پٔت پاٹھی ژٕ یہٕ
(رٔ ٹیٖنہ تہٕ گوبنرٕ لٔکن) تم ہہٕ ہہٕ کیٖنژھاہ وُونِواز ژیچھوزلوو
عملہٕ منٛزٕ تی ہاوتس منز دیوتا کٔری نو مدد
شاہزادو کنٹ شُند چھ الوداع
دوٚنی بیٖیس ملکس اندر دوہ دوہ کڈن چھم پٔژآنی پاٹھی

(بیٖران)

(باجہٕ چھ وزان. گلوسٹر، شاہ فرانس، شاہ برگنڈی تہٕ خدمت گار
پیٚچھ اژان۔)

گلوسٹر: آعنہٕ! فرانسکی شاہ تہٕ برگنڈی چھ یم

لیِیر: شاہ برگنڈی، گوڈٕنی تمہ ہہٕ چھم وَنن
میٛانہٕ دخترِ لیِنہٕ با پتھ اُسی وٕ تہی سنخ جکھان
داج وَن تسا کیا گژھی۔ وَن وٕنی کیٖن کم کھوٚ تہٕ کم
ورنہٕ دس بردارٕ سٔیڈن چھے ژٕ یہٕ اُمی پیٚندٕ لولہٕ نش

برگنڈی: شاہنہٕ بڈٕ شاہا
مےٚ چھم کافی یہٕ کینژھاہ بخشوٗم
تمہٕ کم ما بخشہٕم

لیِیر: لوز سا ہیے برگنڈی
... ہِرِونہٕ تاٹھ امبس لو، نژھ قدر راہ کران

موٗلہٕ ڈُنٛڈھ پانٕے ــــ ہُکھیا استادٕ چھے

چھےٚ ہکیاہ، پٔرٛدھ چھے تہٕ ترٛدھ

سوٗن سوٗرٕے قہرتس ناآزٕل سپُد

یوٗد یہٕ کینٛہہ ژھارِکھ، ہوٚ چھےٚ، ماگٕن پننہِ

برگنڈی: چھیم نہٕ ہمٕنیے کینٛہہ، یہٕ کیاہ آٹھ پیٹھ وٕنےٚ

لیئر: ہیٚم حماقژ چھےٚ اَمِس تٕم ہیتھ ژٕ کیا ساآنی ہٕنا

چھےٚ یہِ یرکس، اسہِ چھیبہ اَمی ہیٛنز پاپہٕ نگاہژ تانٕ دِےٚ

ساآنٕ ساری بد دعا چھس داج ــــ زاآنی اَسہِ قسمن وٕہ پرٛ

وَنہٕ وٕہ ڈٕ ــــ ترٛاوٕڈ چھیا ــــ؟ توٚ ترٕ کیٛہہ کرہِ ہٕن قبول

برگنڈی: پاپہ باڈ شہنشاہا ــــ مافی دِیو

ہیٛمی شرطہ یوٗزٕ تھہ یُہ کیاہ کرہ انتخاب

لیئر: ترٛاو کتھ تیٛلہ ــــ

اختیارٕ وسٕم تہٕ وٕنہٕ مہ، مال دولت کیاہ توٗر ٹِس

(فرانسس کُن) چوٗن چھیم محبت ــــ دِسےٚ مادکھ زانہٕ

چھیم یینٛز نفرتھ سوٗ مانیٛتھ دِےٚ

میٛوٗن ہیٛ بوزکھ ژٕ گنٛڈھ ببیہ کانٛہہ شیرٛھن

مٔند چھہ فطرت نام ترٛدھ بدذات چھے

فرانس: کتھ عجیب چھیم لگان

کیا وٕنیکتا امتھ یہ ساری کھیہٕ تہٕ آسہِ تارٕ یہ ٹاکھ

آفرین آسِس شُبان تہٕ آوٕہن زانان وُنیکتان
پَنٕنہٕ بٔجرِک اَکھ سوٚکوٚن
ساروٕے نِشہِ ژ تہٕ دارہ ٹاکھ بس لحٔظس اَندر
کُس اَتھ نیٚشِتھ گٔے کٔرِتھ محروم گٔے
چانہٕ شفقتٕ نِشہِ ـــــ باسان چھُم
جُرم کانٛہہ ہولناک
آسہٕ اَمہِ گوٚد مُت ـــ تہٕ نٔے
لاگ چانِس محبتس اَکھ داغ بیٚیہ
نٔنہٕ زٕن اَکھ ہیٚجرٕ ـــ ہیٚکہٕ یِتھ دِلس وِشواس دِتھ
کارڈیلیا: دُنہٕ تہٕ چھُم اَکھ عرض، عالی جاہ کرُن
یوٚد قہر نازل سُپُد اَدٕ مے کھ مے بیٚٹھ
چھُم اَگر راہ، چھُم نہٕ خوشامد تگان
تی وَنُن زیوِ لہِ تہٕ دِلہ آسہِم وُنُن
چھُس نہٕ گوڈٕ سوچان تہٕ پَنٕنہ یادان وُڈھو
بی اَگر راہ چھُم، ہیٚیہ چھُنہٕ باسان عاَب
کانٛہہ جُرم یا کانٛہہ اَنٛز
کانٛہہ گوناہ، ناشایان کتھ
ہرگٕ تہٕ رحمتو نِشہِ یِمی گٔرس محروم ہو
یوٚد [illegible] نان بہ چھُس

چانہٕ برگنڈ چانہٕ رٕحمژ ہٕنز سیٹھاہ حقدار، پٕہ
چھم نہٕ تتھ کنٕرہ اُچھ پٕہ زلو
چھس سیٹھاہ خوش

یوٚدوٕے ناسنٕن

معہلہٕ وٲجنٕس، چانہٕ مایہ نشہٕ اَنتھ چھلہٕ ناونس

لیئر : زاہرٕے نٕے آسہکھ، کیاہ جان اوس
ژٕ یتھ ما پیٚیہ ہی کٔرٕن دِل میٚون راضی

فرانس : یُس پٕژٕے چھا کُنتھ؟
فطرژ کنز وٕریاہ
تی تھوان کھٹہٕ کھٹ یہٕ آسان چھُس وٕنن
شاہ برگنڈی وٕنو شہزادٕ ہُند
لول چھُنہٕ لولے اگر یہٕ وٕلنہٕ بے جا مصلحژ
کیاہ چھنا تسلیم تۄہہٕ
یہٕ ہے پانہٕ بۄڈ ڈاکھ داج چھیٚیہ!

برگنڈی : شانہٕ پیٚدہٕ شاہ لیئر
بخشہس دہ ڈٔبِس تھتے، بَس یوٚت تۄہہٕ گو ڈٕ بخشووس
ڈُڈٕ اُنتس یہٕ تھپھ کٕرس، اُدہٕ وُڈٕ بناوُن رانہٕ رَنز

لیئر : محترم برگنڈی
ٹاکھ ییٚیہ وٕنہ آس، تیٚتہٕ اکیس نٕژھے ٹۄہر راہ کُمان

دوہ زنگہ مول دۄ نہٕ اۄمس ـــ تہٕ چھہٕ ہوو کیاہ اِستاد چھے
چھے ہوو کیاہ ـــ بڑٕ دو چھے نہٕ تَتھ دو ـ بَد ذات چھے
سون سونٛڑے قہر تَس نازِل لُسپہٕ
چھکھ نہٕ یوٚد بَبہٕ کیٚہنٛہ منگان
چھے ہوو کیاہ، گژھہ دو نِتہٕ نہٕ گژھہ نیتھرٕ کرُن

برگنڈی: چھمنہٕ اتھ سمِنٛہ جواب

لیر: کیاہ سا آتِبہٕ ہَن عاب ہیتھ
چھس نہٕ کانٛہہ ہیتھ ییرٕ دنٛھ دوہ ژٕ
اَسہٕ چھیٚہ اَتھ سنٛز پاد گاہ ژتانٛہ دِے

برگنڈی: شانہٕ بڈٕ شاہو، مےٚ دِم آتی ژٕ دوہ ژٕ
یِم شرط لۄزِتھ بہٕ کرٕ کیاہ انتخاب؟

لیر: ترٛاد کنتھ تیٚلہٕ ـــ وارٕ مےٚ واقف کوٚرکھ
مال، تہٕ دولت اۄمس کوتاہ چھُہ ستی

(شاہ فرانسس کُن)

شانہٕ بڈٕ شاہا! محبت چھُون چھُم کیاہ وَنےٚ کیتھٕ کنٛی وَنےٚ
چھم پیٚنٛز نفرت، ژٕ لَسی محبت کرکھ
میوٚن ہیے لۄزکھ ژٕ گژھہ، نوٚو سونٛچ کیٚہنٛہ
چھے بہٕ ترٛہ بادرنج ییمس ڈلشتھ بہٕ فطرت شرمسار۔

فرانس: حاضر تَہ چھس۔

کیاہ ژُنیک تمام سارِ ہے لَنٛبہٕ ٹاٹھ آسہِ ناژیہٕ ؟ وَن !

آفرین چھ تہٕ مرحبا اَوُسکھ کران اَمی سہٕ ژھٕ وَن !

اوسہٕہن زامان یِہ تجُربک سۄہ کھۄتہٕ راحت

بس یِہے لحظس اندر

کُس انتزٕ تیتھ گے کرِتھ، محروم گے

شفقتٕ نشہٕ۔

آسہِ تیٚیے اَمہِ بوٗڈ اَتٕرٕ کوٗرٕمُت وَنکین۔ چھُم یقین

لاگ آسہِ محبتس یتھ داغ پیٚیے

کارڈیلیا: بابہٕ حضرت۔ ژٕ نہٕ اَکھ عرضاہ مےٚ چھُم

کیاہ اوٚے سپدا مےٚ نازِل قہر

چھُم نہٕ کانٛہہ ہیوٚ شراہ، زِنہاہ خوشامدٕ ژِ

چھس اَمان بائل دِلچ کتھ وَنٕہ برٕو نٛہہ

چھُم نہٕ باسان عاب کانٛہہ، ناپاک حرکتھ یا انتزٕ

چانہٕ رحمژ، چانہٕ برکژٕ نِش کرِہس محروٗم یِمی

تےٚ مےٚ چھُم خودغرض اَچھ، نے زِہٕٹھ زِیو

نازٕ چھُم اُتھی یٕتھ مےٚ یوٗد دِوے

چھُہ کران نفرت مےٚ اَز

لیئر: زامژہ نےٚ آسہٕکھ، کیاہ جان اوس

اَزٕ ژیہٕ ما ییٚہ ہی تھوٗن دِل میٚون راضی

فرانس : بس یہ ہے چھا ما ملہ !

کیٚہنہ چھِ آسان زاہتی ینِھی ۔ فطرتکٕ کیاہ تام راز

کیٚہنہ پژھان باوُن چھِ ما بآونہ ہیکان

شاہ برگنڈی ! ڈِنو کیاہ چھو پژھان ؟

لول آسان اکھی تھیٚ بیٚلہِ آسہٕ غرضٕچ لاگ اکھ

کیاہ چھوا نبھٕرِ کرِنی ؟

چھو یہٕ ہانے داج بوٚڈ

برگنڈی : شاہ لیئر ! ییٚژ ہتِ توٚہ یہ بخشوٚس

تیٚژ ہتِ توٚہی بخشوٚس

وُڈٕ اَتھس بٕہ کھیٚمہ ژھنس ۔ وُلٕ بناوُن راز رٔنیٖو

لیئر : زٕژھ یہٕ ۔ چھُم کھیوُمت قسم ۔ اُتھی ییٚٹھ بٕہ چھُس

برگنڈی: چھُم میٚہ تیٚبلہِ افسوٚس ۔

راوٕ ژُتھ بیٚلہِ مآلُ ژٕند محبت بلی

راوٕ ژُتھ تیٚبلہِ زان ژٕیہ خاوند پنُن

کارڈیلیا: وارٕ روٗزِن برگنڈی !

دیار طمہٕ لول چھُم ہاوان ۔ مگر

چھُم یہٕ امی ژٕند لول میٚتہٕ ہرگز قبوٗل

فرانس : کارڈیلیا ۔ ژٕ ے سیٹھاہ نٔندٕ بٔانٕ چھکھ

چھنکھ ژٕ بے زر، ژٕ ے توٚے زردار چھکھ

دکہ زد چھکھ، سا رِ وے نشہ رِژ ژِ چھکھ

چھکھ ژِ نظرِ نشہِ ہیمژ یوّ د شیمر ژے لاگنہٕ توٚے

پکھ ژِ پم گوٚن ہیتھ رٹتھ

تژ دومت چیزاہ تلان چھُس، یوّ د اجازت آسہِ میہ

دلیونا ہو! کیاہ ستہ پد

کیتھ کنیتھ، یمی میانِ لولن

سجد تتھی کوٚر اوس یس ہوٚ ٹھمت لکن!

ہے شہنشاہ! اداجہِ روٚس کوٚراہ میہ آیم باگہِ چاٹھ

دوہ نہٕ یہ چھوٚملی کانہ میانی، سانہِ فرانسیچ

دوہ نہٕ ہیکن ما ملی میہ نش ہیتھ میانہِ لولرِ

آبہٕ لدر برگنڈیکی تم ڈیوٗک بیوٚ د ساری سمن

کارڈیلیا! ہیے یمن رہ خصتھ نہٕ پکھ

بے رحم اکھ جاے راوے۔ جان اکھ جاباہ لبتھ

لیر: فرانس! گژھ نیتھن ہے نیر پانس۔ دوہ نہٕ یہ گژھ یی بیوٚ ریچاٹھ

آسہِ چھیہ ماپژھ بیاکھ کوٚر! نے دچھن یژھ ہتھ اسند

میانہِ آشیرواد روٚس نیرِ و گژھو

پکھ سا عالی برگنڈی

(سا زوراں۔ ساری نیران۔ صرف نہٕ فرانس، گونرل، ریگن تہٕ کارڈیلیا۔)

فرانس : تہٕ ہیوٗرہ خصنتھ بیٚنِن

کارڈیلیا : ہاٚلی ہیٚنزٕ اَچھ گاش چھوٚ تہی۔ کارڈیلیا اَچھ چھلنہٕ نیران
چھیٚنہٕ دوٗر

چھس بہٕ زانان وار کیاہ چھوٚ — پوٚز گر
بێنہٕ تہٕنزے چھس بہٕ کیاہ ہیکہٕ تہٕنز کانٛہہ عآبہٕ کرتھ
وارٕ کرِو زیو محبتاہ ہاٚس ، چھسن پشران تہ ہی
تہٕ ہےٚ ، یمَن داوا چھ تمہٕ ہنٛدِ محبتک
ہاے بہٕ نہٕ تہے آسہا حقدار تمہٕ ہنٛدِ مۆلِچ
جاے دِمہٕ ہس امہٕ نہٕ نش واراہ بلنٛد
آسِو نو نیٚلہٕ الوداع

ریگن : اَسہٕ مہٕ بِلی وَن کیاہ چھُ اَسہٕ واتان فرض
گونرِل : نیرِ گژھ ہاٚس تہٕ پرٕنِس رآضی تھاو
قسمتس خاطرٕ اتھ ہیتھ کرٕ نکھ قبوٗل
خدمتس منٛز پوٗرٕ تربیتکھ نہٕ کر
چھکھ نہٕ اَتھی لایق بہٕ کیٚنژھاہ ژیٚے یوٚژ ھنہٕ
کارڈیلیا : وانہٕ وَق مژراوِ فتنچہٕ پھٹچہٕ گنٛڈ
تِس اکھاہ تھۆو عآب کھٹِھ کٔنہٕ ستہ پوٚتس رسوا گژھان
اَدٕ سا بس آباد روٗزِو
فرانس : یِکھ سا کارڈیلیا یِکھو

(فرانس نہٕ کارڈ بلیا نیران)

گونرل : اَسہِ کیٛا بی چھیہٕ وار یہٕ ہنٛ مسلنٛ متعلق کتھ کرٕنۍ ۔ مےٚ چھُ
باسان ابا حضرت نیرن اَزۍ ۔

ریگن : یُزۍ پاٹھۍ ۔۔۔ ییمہِ ربنہٕ ژٕ یہٕ سمستو نہٕ نوٗربنہٕ روٗزۍ تَن سانہٕ

گونرل : ڈُچھان چھکھے بجرٕ کنۍ ما چھُس مزاز اَکۍ سے ڈٕ بجہٕ روزان ۔
ناے نہٕ اَزۍ ڈُ چھ تھاہ کیٛاہ کوٗرُن ۔ نے تہٕ اَمِس ہے کارڈ بلیا
پیپٕرٹاٹھ اَٹس ۔ پتہٕ پرٕ وٚنٹھ وُچھنےٚ ژٕ ہسن اَرٕس گُرِ تھ ۔

ریگن : یہٕ ہبی گوو یرٕ ییمٹھُن ۔ شہ ہے اوس ووہ ہیے یتہٕ ۔ تُس
ناے توٗگ زانٛہہ نہٕ پان یئنٛ پرز ناوُن ۔

گونرل : شہ ہے اوس ہمیشہٕ ژکھ ہوٗتے آسان، اَدٕ وا شہٕ ہنٛدٕ ہن
جان ووہ ہن تہٕ ۔ بجرٕ چ چھینہٕ کیتھے ۔ اَسہٕ پزٕ تمہٕ کھوتہٕ ڈُلٹہٕ
وُچھنہٕ خاطرٕ تیار روزُن ۔ بجرٕ سُ منٛز چھ طبیعت بلغمی روزانے ۔

ریگن : اَہنی اَتی آسہِ ہیمہِ رنگہٕ اَتی ہمہِ رنگہٕ ۔ نے بوزنہٕ یتھ پاٹھۍ
آدی کنٹ نیوٗن اَنۍ کھلہِ جلا وطن کرٕتھ ۔

گونرل : ڈُ نہٕ ہے چھ شاہ فرانٛسس نہٕ تمِس باضابطہٕ رو خصت ہاٚ ہیٚنے ۔
خدایہ سندٕ خاطر کیٛا بی پزٕ اَسہٕ کنٛی کتھ تھاونۍ ۔ اگر کیٛا بی
شہ ہیکھے کنۍ اَسہٕ پیٹھ یئنٛ اختیار راوان گوو، تمی سُند
اَتھ زیچھر کیٛا بی کرٕ اَسہٕ تباہ ۔

ریگن : اَسہٕ پزٕ اَتھ پیٹھ وار سوچنُن ۔

گونرل : اَسہ ہے پزٕ کانٛہہ تدبیر فلِ فورسوچُھن۔

[ نیران چھیہٕ ]

## سین : II

### گلوسسٹرکِس ارلُس ہُنٛد محل

[ ایڈمنڈ چھُہ اژان ہیتھٕ اکھ کیتھ ہیتھ ]

ایڈمنڈ : ہے پزٕکرٕزٕ ! میانٛہ دیوی پھکھ ژبوز
چانہٕ قونونک بہٕ چھُس تابعدار بوز
ژالہٕ کوٚہ رسمن رِیواجن ہُنٛد وہ با
کیاز دِمہٕ لوکن اجازت، تم کرن محروم میہٕ
چھُس بہٕ ریتھ باہ یا ژوہ داہ ریتھ واُنہٕ کم بایس فقط
چھُس حرامک کیاز، کوٚسہٕ کھوٚٹ بہٕ چھُس
میہٕ چھُ پزٕ نہٕ کانٛہہ تان اوٚر دوٚررُت تِھے
دل میہٕ چھُم رحمی تِھے، شکلہٕ کِنہٕ پوٚز تِھے
یتھ چھُ بیگمہِ زامتس حلحلی شُرِس
کیاز چھم زانان حرامی ؟ کیاز چھم مانان رزیل ؟
ژوٚر زھبیہٕ مدماتی یا دِنہٕ ڈمب لَگتھ
میونُلمت چھم زیادٕ اوزنہٕ دوٚر وجود

میلہٕ کتہٕ پٕزا نہٕ تھن
یم وجوٗدس آسٕنہٕ رٕژ سی بٕنِ
تُہنٛز میٚنٛز فرسوٗدٕ، بے رنگ و تھٕر ٕ نٕس مشرٕ!

یان گئو وٕلی

ہے علالکرٕ ایڈٕ گمرٕ و ــــ کو نہٕ آجا گرٕ ہے نمے!
موٗل اسہ لولاہ دِدان دشہ پٕزٕ ہوٗسے
چھُپے علالکُ، لفظ کیاہ شوٗبان ژٕ بیہٕ!
جان گو وٕ علحال گوٚبرٕ و ــــ منزلس واتِن یہ خط
بلی گرہٕ عن تادبیرٕ ازٕ میہٕ کامیاب
سپد غالیب تیٚلہٕ حرامی ایڈمنڈٕ سے علالہٕ کیں
آے لگہٕ ہم! سپدٕ تھ شحال یہٕ!
دیوتاہو! یتہٕ نہٕ زٕہنکُ آسرٕ تس کرٕ ز نیو مدد۔

[ گلوسٹرٕ اژان ]

گلوسٹرٕ: گو وجلا وطن سپدٕ آخرٕ یہ کنٹ
تہٕ فرانس گو و بیٚٹھی کنٛز سیٹھاہ ناراض تہٕ
پانہٕ راژن تہٕ آو اَتھہٕ منٛز سلطنت
یہ سپدٕ ازٕ راتھ کیٚتھہٕ۔ چھُس وظیفس پیٹھ ہٕنٛز دوہ دوہ کڑن۔
ہنگہٕ تہٕ منگہٕ سوٗ ڑے سپدٕ!
ایڈمنڈٕ اکیاہ چھکھ کران؟ خبراہ اَنزاہ کیہٕنہٕ!

اڈمنڈ : کیٛاہ نہ حضٕ بس ۔ بلکہ بیٚیہِ

(چِٹھ ژ‌ۄرِ تھاوان)

گلوسٹر : یہِ کیاہ ژِ چھکھ جل جل ژ‌ۄرِ تھوان چِٹھ ؟

اڈمنڈ : میٚہ نہ حضٕ کہنٛہِ خبر ۔

گلوسٹر : یہِ کیاہ اوسکھ کاکد پران ؟

اڈمنڈ : ہا کہنٛہ نہ حضٕ ۔ کہنٛہ نہ ۔

گلوسٹر : کہنٛہ نہ ! تیٚلہ کیاژِ نٹھاوِ ہکھ یتھ پاٹھۍ ژ‌ۄرِ چندس منٛز ؟
یٚیلہ نہ کہنٛہِ اوس نہ ژ‌ۄرِ کیاہ تھو ہکھ ؟ وچھہ لیۆ ری دِ ۔
اَسۍ ڈیچھو ۔ یٚیلہ نہ کہنٛہِ آسہِ ، میٚہ پیٚیہ نہ تیٚلہ آنکھ لاگن ۔

اڈمنڈ : حضرت ! میٚہ کرِ‌ۍ زِ لو معاف ۔ یہِ چھم باے ہنٛز چِٹھ
میٚہ پُر نہ ڈیہِ ساے ۔ ۔ ہیٛنز ہتھ پُرم ، تمہِ نٛلہ توٚ گم بوزن
یہِ چھینہ توہہ ہیہ کرِ ژھ پرنٕی لایق ۔

گلوسٹر : تیٚلہ ساٗ دِ لیۆ ری ۔

اڈمنڈ : دِمو دَسے تہٕ گژھہِ ناراض ، دِمہ دیٚنے نہ توتہٕ گژھہِ
ناراض ۔ بوٗ نام میٚہ یو زن توٚگ ، اَتھ منٛز چھیٚہ کیتھے تَژھ
نہ توٚ ہیٚ گژھہِ ناراض ۔

گلوسٹر : ان ساآن ۔ اَسۍ ڈیچھو پانے ۔

اڈمنڈ : سوچان حضٕ چھس زِ باے ہنٛز چِٹھ چھم ۔ تمۍ چھم ہر دسہ کرتھ لیچھمٕژ ۔

گلوسٹر : [ پران چھ ] " بڈن ہنٛد احترام کرنہ چھ ساہ نہ زندگیہ ہنٛدین

بہترین دوہہن منز ٹیچھر پاہے ڈگرہ ہان۔ توہ تام چھینہ اسہ وراثھ
دوان یوت تام اسی بڈران چھہ ییتھ نہ اسی آمیک کانہہ تہ سوہ کھ
ہیکو چھینتھ۔ میہ چھ دوہ لبوزن لگان زِ بڈن ہندس
اَکھ جبرس منز چھ محض غلامی ہند نہ فضولک ریشتہ۔ یم
چھینہ اد کنہ اسہ بیٹھ حکومت کران زِ تمن کیا چھ طاقت
بلکہ اد کنہ زِ اسی چھ برداش کران۔ ژٕ بی زِ میہ نش، یہ کرہا
اَتھ متعلق ژٕ یہ ستی بلیہ کینہہ کتھ باتھ۔ اگر ساینس آسِس
توتام زہ دل ہیپہ رہے یوتام نہ یہ ورزناوان، ژٕ ہیکھ تمی
سندس نصف جادادس عاش کرِتھ نہ پننس پاسے
شندلہ کہ لوہے بنیتھ روزِتھ ــــ ایڈگر۔“
ہنوں ــــ گوونا سازش ــ زہ دل ہیپیں یوتام نہ یہ ورزناوان۔
ژٕ کر کتھ تمی سندس نصف جادادس عاش، ــ ” پننہ گوبرہ
ایڈگرا۔ تمی کنہ اون اتھ بہ لیکھنہ خاطر؟ یہ سو پچنس
کینہتھ کنہ اوتن دِل نہ دماغ؟ ــــ تمس کیاہ گو اتھ لایق؟
یہ کمی ساآلی چھیتھ۔ ؟

ایڈمنڈ: حضرت بہ چھس آے نہ میہ نش اننہ۔ یہے تہ چھیہ چال.
میہ وہ چھ بہ پننہ دارِ کنہ تر اوہ نہ آمٕت۔

گلوسٹر: ژٕ چھکھ پننس پاسے شند دستخط پرزناوان؟

ایڈمنڈ: دوہم حصہ اگر اتھ منز چھان کینہہ کتھ لیکھ ... آسہ ہے.

بہٕ کھیمہٕ ہا قسم زبہٕ چھُہ تمیٚ سُنٛدٕ سےٚ لیکھن مگر تہٕ زآنتھ ہیکہٕ نہٕ
بہٕ سو پچھتھ تہٕ زیہٕ کیاہ آسہٕ تمیٚ سُنٛد۔

گلوسٹر: یہٕ چھُہ تمیٚ سُنٛدٕ سےٚ دستخط۔

اڈمنڈ: جناب۔ ییٚزٕ چھُہ یہٕ چھُہ تمیٚ سُنٛدٕ سےٚ اَتھٕ۔ مگر مییٚ چھیہ
توٚ تہٕ ووہ میدزٕ یہٕ چھُنہٕ تمیٚ دِلہٕ لیٚوکھمُت۔

گلوسٹر: اَتھ ییٚتھ چھُنہٕ سآ ازبرٕ ڈہہ زانہہ تہٕ یہٕ ستی کیٚنھ کرمُت؟

اڈمنڈ: نہٕ حضٕ زٕ نیٚپی نہٕ۔ ووٕل گوٚ واکثر چھُم وناں لوٚزمُت
زبیٚلہٕ نیٚچو بالغ سپدٕ نہٕ مول باڈٕ لیو مُت آسہٕ تیٚلہ پیٚزٕ
نیٚچوِس جادادُک انتظام رٹُن تہٕ ماَلِس پیٚزٕ تمیٚ سُنٛدِس
سابقٕ تل یُن۔

گلوسٹر: بدماش! یِہے ہے خیال چھُن یِیٚتھِ مٚنزٕ نہٕ لیٚو کھمُت —
ذلیل! بدبخت۔ بےٚرحم۔ بدخصلت۔ وحشی۔ حیوانو
نِشہٕ بدتر۔ گژھ اَنُن تھٕ ہارِ تھ۔ یہٕ برٕن جیل۔ ذلیل!
خبر کتہٕ آسہٕ؟

اڈمنڈ: مییٚ نہٕ حضٕ چھُنہٕ پوٚزٕ پےٚ۔ ووٕل گوٚ میٚون ہے لوٚزٕ
توٚتام تہٕ آدی توٚ امیُک خیال لیٚوتام نہٕ توہ ہیہٕ اَمیُک کیٚنھہ
پوٚزٕ ثبوت میلہٕ۔ اَدٕ چھُتوٚ ترٕ وتخاہ، یتھ مٚنزٕ نہٕ کانٛہہ
خطر آسہٕ۔ نتہٕ ہےٚ تُہٕ لسٕ آبوٚ و لاینہٕ تہٕ تمیٚ سُنٛز نیتھ آسہٕ
نہٕ معلوم۔ [illegible] یٚزٕ نسٕ ماوا تہٕ پٕندکھ۔ ییٚتھ پھُٹہٕ تمیٚ سُنٛد

دِل۔ سۄ چھ فرمانبردار۔ بہٕ چھسوٗ تمی ہٕنٛد بدلہٕ پننہٕ زوٗچ
ضمانت دِوان۔ تمی چھ یہ خط اَوسببہ لیوٗکھمت زِ سۄ وٕچھ
میٲنہِ کانٛژاہ ماے چھپیٚنہٕ تھٲنٛزِ، کٔنہٕ بدنیتہٕ چھُن نہٕ لیوٗکھمت۔

گلوسٹر: چٲنی چھاپی راے؟

اڈمنڈ: اگر حضورٕ ہہ جان باسیوٗ، بہٕ تھاوو تُہی تتھ جاے اُکِس
جاے پیٚٹھ ییتہٕ نِشہ تُہی اَسہِ اَنٛدی مسلس پیٚٹھ کتھ کران بوزِو۔
پانہٕ پننہٕ کنو بوزِتھ میلہِ تُہہ اطمنان۔ اَتھ کیاہ چھُ
ژیر بہ لاگن، اَزی شامن ہیٚکہِ یہ سپدِتھ۔

گلوسٹر: سُہ ہیٚکہِ نہٕ ہیوٗت خبیث آسِتھ۔

اڈمنڈ: یقینن چھُنہٕ سُہ تیٚتھ۔

گلوسٹر: پننِس تس مالِس ستی یُتھ سلوٗکھ، یُس تمِس زوٗ جانہٕ رچھان
اوس۔ ہے آکاش نہٕ نلپتالہٕ کیوٗ دیوتا ہو! یہ کیاہ؟ اڈمنڈ!
گژھ اَمِس ژھانٛڈ تھ۔ میانہٕ کنی بنہِ زِ تمی سُنٛد راز دار۔ وۄل
گژھہٕ پکُن بوز۔ کٲم کرہ زِ چھسہٕ سان۔ میانہٕ ہےٚ سورُے
پیٚیہِ قربان کرُن نہٕ کرہٕ، مگر اصلیت گوٗژھس زانٛنہٕ ہیٚکُن۔

اڈمنڈ: بہٕ حضی ژھارِن وٕنی۔ یہ کہٕ سورُے ہیوٗت پلہم تیوٗت نہٕ
تُہی نہٕ کرو وہٕ باخبر۔

گلوسٹر: آ۔ زِ بہٕ نہٕ مہرِ لیس بُہم گرہن کھوٗ وقتہٕ لگی تم چھپنہٕ اَسہ
کتھی بہٕرٕ زی۔ یوٗدوَے عقل اَتھ ییٚتھ پانٛسی یا ہتھ پا آتھ

تاپئر کڈٕ، دِیکھ ییٚتہِ یہ وۄنی لۄتُس یِتھ سیٚدان چھُ، تِمہٕ
سِتۍ چھیٚیہِ فطرت زَنتہٕ رَتہٕ داوی سیٚدان۔ لول پٔنٕز ناداں،
یارانہٕ ژھینان۔ بوے ہنہٕ باسے تُنند، شہرن منٛز بغاوت،
گامَن منٛز تنازعہ، محلَن منٛز سازِشہٕ تہٕ ناسُس گوٚ بۄر پینٛدی
رِشتہٕ ژھینان۔ میٚیُون یہ بد ماش تہٕ چھُ اُکنی کراُمژ تل لوان۔
نیٚچو چھُ مالِس بیٚتھِ لۄ گمت۔ راز چھُ فطری وَتہٕ لنٛشہٕ ڈوٚ لمت،
نَنہٕ چھُ مول پننِس اولادِس خلاف۔ اَسہِ چھِ پننہٕ زِندٕ گیبہِ
ہیٚنٛدی بہترین دوہ وٕ چھِمتۍ۔ سازِشہٕ۔ مکر۔ ژوہ یہ تہٕ ہم
ناش کرونی ہنگامہٕ روزن آسہِ مرن گیہِ تام پتے۔ ایڈمنڈ!
دوٚیمے ہساٗ، اَتھ یہِ بدماش ژھاآرِتھ۔ گژھ ژہٕ کیاہ رادِیہ
اَمہِ سِتۍ کیہنہٕ۔ مگر جیٚبہٕ سان، لُبُز تِھ؟ کوتاہ اصیل تہٕ دلہٕ
صاف اوس یہ کنٹ! بچہِ رکوٗز کھ جلاوطن! اُدٕ راہ کیٛاہ
اوٚسُس؟ بی زِستہٕ اوس ایمان دار! فکرٕی چھُنہٕ تراں، یہ کیاہ۔

[ بیٚران ]

ایڈمنڈ: کیاہ اَہبر چھُ دُنیہَس! پننی غلطیہٕ سِتۍ، یٚبلہ اَسہِ قسمت
بِچھِیر یِتھ چھِ گژھان، اَسی چھِ قصوٗر کھاران زٕ دٕ تہٕ آفتابس
تہٕ زُنتہٕ اَسی تورَے بد ماش یِچھُ نامتۍ آسان۔ زٕنتہٕ اَسہِ
ادرَے چھُ لیکھتھ آسان کھینہٕ، زوٚر تہٕ ژھل، بازیگن۔
زٕنتہ ییٚٹھے چھُ فاصلہٕ سیٚدان زٕ اَسی بنوٚ شرابی پزیاری تہٕ

دِ کھ باز۔ سورٕے تارکن ہشہ گردشہ کنہ۔ مطلب یہ
کیہنہ اَسہِ عاب چھ نہ چھ تقدیرٕے۔ کیاہ جان ژھل
چھ انسانن ہیو چھمت، پننی سارٕی بدکار تارکن کاس گنڈ
مالی کر اجدرٕ ہشدس اُلٹس تل میانہ ماجہ ستہ سوہ جنتہ تہ
بہ لوگس بڈس ارساکس سایس تل ڈمب۔ یوہ ہے چھ وجہ،
بہ چھس بوت بدنہ لالچی۔ بکواس۔ بہ آسہ ہانو نہ بیہتے۔
اَد سارہ پے کھوہ نہ نبک تارکھ نہ کیاہ زآسہے نہ میانی حرامی
ڈمب لگنہ ورزہ زلیومت۔ اپڈگر ـــــ

[ اپڈگر اڈان ]۔ آنہ موقس بیٹھ پہو دٲتھ۔ زنہ یہ مسخر
پاتھرس اندروت۔ میٲون اشارہ چھ بدماش مویؤسی۔ میٔہ
چھ ٹام اوبڈلم ہشدی پاکھی وؤش تراوان۔ اد ـــ یہ
گژھن چھ ژھدنہ ژھد آیلی ہنڈ پے دوان۔ فا۔ سول۔
لا ـ می ـــ

اپڈگر : کیاسا باے جان۔ وارٕے۔ ژکمن گوہ تن گومت؟
اپڈمنڈ : بابہ بہ اوسس اُکس کرامژ بیٹھ سوچان۔ راتھ اوسس
پران زیم گژھنی لگان چھ یمن ہشند نتیجہ کیاہ آسہِ۔
اپڈگر : پزر چھسے وَنان۔ یم نتیجہ نمی ہاوی ہتی چھ، تم چھ سانہ شامتہ
پوتس پتھ نئی نبران۔ تاس ماجہ نہ شربن بانہ وآنی مژکری،

---

۱: DRAGON'S TAIL - ۲: URSA - ۳ آکھ بنچھ وٲن ہیمی پاگل اوس
سو گمت۔

مرُن۔ دٕراگ، پٔژاہن یارن منز رٔخنہٕ۔ حکومتن ہٕنز چھِلہٕ چھانگر
رازن تہٕ رٔیسن خلاف زٔو بہٕ تہٕ بدٔرد۔ شکہٕ پٔژاہ، رفیقن
ہٕنز جلاوطنی۔ فوجس منز انتشار۔ خاندر پھٹان تہٕ بیٚیہ
چھُم نہٕ پے کیاہ کیاہ۔

اڈگر: بہٕ کمہِ سانہِ پیٹھ بنیو کھ زٕ نجومی؟

اڈمنڈ: گرٕھ، گرٕھ، زیٚ کیاہ! عالمن کرٕ چھکھ سمکھمُت؟

اڈگر: اَدٕ، یَوہ کالہٕ ہٕساَ۔

اڈمنڈ: کتھ کرٕ تہِ تس بٕنتہٕ؟

اڈگر: ہتا دوٕن گانٹن اٰسی یکوٹہٕ۔

اڈمنڈ: بیر نہٕ وِزادسوٕ صلیچ؟ کتھ تلہٕ یا بُتھہِ پیٹھہٕ وُچھنس نا
کانہہ ناراضگی۔

اڈگر: ہا بلکل نہٕ ساَ۔

اڈمنڈ: زٕ پاو یاد۔ کنہ کتھ پیٹھ ما چھُتھن ناراضی کورمُت۔
میٚون ہیے بوزکھ کیٛوٚنژ کال روز نہٕ تس نش دوٗرہے بوٚتام
زن زٕکھ ہیس۔ شہ چھُے دُزٕکین تیتھہٕ زٕکھ ہوت خبر زیٚ
پیٹھ چھا نٹھتھ نہٕ ہمیا۔

اڈگر: کمی تام بدماشن کیا چھُنس میٚہ خلاف کیاہتام وونمُت

اڈمنڈ: اہنا میٚنہٕ چھُ سُہ خدشہٕ۔ بہٕ چھُسے گلی گنڈان کیٛوٚنژ کال
کوٗرتھ صبر۔ یوٗتام زن زٕکھ ہیس۔ میٚون بوزتہٕ زٕ بہٕ سون۔

تہٕ تمہٕ روز کھٕنٛتھ، بہٕ تھاوہٕ تھ تتن ییتھ ژٕ پننو کنو تمہٕ سٕنٛز

کتھ بوزکھ۔ تلہٕ سا نیرَ بہٕ گیمی میاڈ کوٗنٛز۔ ننبر ہے کیٛنہٕ

کامہٕ نیرِن ہیوٗ وٕٛے باسلاح نیری نہٕ۔

اڈگر: باسلاح۔ بہٕ کیاسا؟

اڈمنڈ: وچھسا بابا میون گوو وچانہٕ خاطرٕ رٕت مشوٗرٕ دِتِن۔ باسلاح

نیری نہٕ۔ تیٚلہٕ چھس نہٕ بہٕ پُرزی یوٗر اگر تمِس ژٕ بہٕ پیٚٹھ نیتھ

جان آسہٕ۔ میٚے دوٗنے ژٕ بہٕ تہٕ بہٕ ہیٚبہٕ وُچھ تہٕ بوزٕ۔ دوٗن

گوو میٚہٕ دوٗنے ہیٚنھہٕ پیٚنھی، ژکہٕ کا آژاہ خطرناک کتھ چھیٚہٕ

تہٕ دوٗنمے ہنہٕ۔ ہے دوٗپمے ہا آژہٕ نیر تہٕ۔

اڈگر: میٚے ونکھ جلدے؟

اڈمنڈ: ہا اہنسا چانہٕ خاطر چھس بہٕ حاضر۔

[ اڈگر نیران ]

مول چھُم خوش اعتقاد، بوے چھم کوتاہ شریف

چھکہ طبیعت تیٚتھ نہٕ کانہہ نہٕ ہیٚنہٕ بد کا نسہٕ ہنٛد۔

کانسہٕ پیٚٹھ ییم زانہہ ہیکن نہٕ شکھ کرِتھ

بیوقوفی ہنٛز شرافت دِیہٕ سہولیت واریاہ میٚے کامہٕ ہنٛز

واتہٕ بہٕ اتھ کامہٕ پانے نہٕ حل کرِتھ

چھمہٕ نہٕ یادداشتی وراثت، توتہٕ کیاہ،

عقلہٕ یوٗد ہیمہٕ کام پانے میلہٕ میٚہٕ

جان گوو تی ییٚس تہٕ تدبیراہ میٚہ باسیم کارگر

[ نیران ]

## سین III

### ڈیوک البانین محل

[ گونرل تہٕ آسوالڈ (تمۍ سٕند انتظامی ) اژان ]

گونرل : گوو پزی اُمی بابہٕ صاّبن لوے مبأیِنس نوکرس

مٔنکرس بیٚیلہٕ روب ہیوٚ کیاہ ہتاں کرنیوٚ لن ؟

آسوالڈ : اٰہن خض بیگم صاّب ۔

گونرل : راتھ دوہ چھُم تنگ کران

وُچھتہٕ اَکہٕ پَتہٕ بیاکھ غلطی چھُم کران

نہ وُچھان پتھ برو ٹھہ نگر

اَسہٕ بلی کا ژاہ پریشانی تُلان ----- ژالہٕ کونا ہ !

پچھ بیٚکھمتھ کتِہٕ کوٗت وِوہ سرا ٹھاہ تُلان نوکراَپندی

کنتھ ہٕ ژکہٕ آسان رُہنی ۔ چھُس نہٕ پانس تام لبس روزان کھیٚنۍ

لبوزساہے ۔ اوہٕ پیٚیلہٕ شکارہٕ پیٹھہٕ پھیرِتھ ییی

یہ کرس نہٕ لیوہٕ کتھ ۔ ژہ ونس " بیمار چھس " ۔

ژہٕ نہٕ نے دوہ ژنیاد کرہس خدمتھے ۔ ادٕ جان گوو

تتھ بہ دِمے پانے جواب

[ اُنڈرِ چھ ہِکِل وَزان ]

آسوالڈ : اورِ حض شاید یوان چھو

گونرل : ہِنہٕ کُنہٕ کَن تھاوِ ہَس ۔ تژاو شو نگ

اَکھِتےٚ باقےٚ ہستہِ میتھ

چھِس بۄڑھان کتھ گرٛٹھ وو تھِنیٚ

ناگوارے کینہہ گۄڑھس اَدِ بیٚنہٕ نِش گرٛٹھی تَن اُزی

چھُم مینہ پےٚ بکرا ے چھِ ژہٕ تہٕ بہ اکن

یی زِ بینہٕ ہشز حکمرآنی چھِنہٕ اَسہِ ہرگز پسند

بڈِ بڑیٹھو مُت بڑھان

وُنہٕ تہٕ گوٚ ژھ تَس اقتدار ، بَس بیٚین دیٚتمتُ چھُ اُمی

ہے مینہ دژے چھُم پَننہٕ پانچ

بُڈ بیٚلہِ بڑیٹھان کران چھِ تَم شرٛل

بیٚلہِ ہِتک سپران چھکھ

بَس خیٚہ شاد چھِکھ کران مینٹھان چِھہِ

بُوزِ تھا ساٚ ۔ یاد تھَوی زِ

آسوالڈ : اَہن حض بیگم صاب ۔

گونرِل : ہستہِ یاجَن اُمی ہِنزِ بن کُن بتہ لڈِ نتہ تہِ روزی زِلیہ

بیٚتھ ہِ کھوٚ ژِ دیٚہِ سپِدِ کیاہ

سائنھِ یَن پننِن نصیحت کٔری زٕبی

چھس ییٚڑھان پھیرِ پھیرِ اُمس کیٛاہنہٕ ہیتھ رٕژن

دار کیتھ کرنس میٛانہِ روزِ ہم

بیٚینہِ تہٕ وٕنِ سوزِ چیٹھی

سوہ تہٕ میٛانی آبہِ پکہٕ ییتھ

نیٖرِ ساگرٕ سٕ کھانہِ کمہ آسہِ کیٛتہٕ تیار

[ نیٖران ]

## سین : IV —

اُمی محلک دیٖوان خانہٕ

[ کنٹ اُژان رٕخ بدلاوِتھ ]

کنٹ : یوٚد بہٕ ہیکہٕ ہا آسے بدلاوِتھ کنھفن

ییتھ تہٕ پیٚرِ زٕ ناوِتھ ہیٚکہم آواز کاہنہٕ

میٛانِ رٕژ رٕنیتھ تہٕ سپدِ ہے اُدِ کامیاب

چھم میٛانہِ ییٚمہِ باپتھ یہِ رٕخ بدٕلوو مٕت

پانہٕ میٛانیو بےوطن کنٹو! ژٕ ییتھ پیٚتھ

زٕو نہیکھ مجرم تٕمہِ خدمت ژٕ یٚہ چھے انجام دِنی

آغہٕ ستر بس لول چھکھ واراہ بران

آخرس بوزن تگس کیاہ کیاہ کوٗرُم

[اَنٛدرٕ چھہِ بگل وزان۔ بادشاہ، دَربآری تہٕ خدمتگار چہ اژان]

لیر: کھانہٕ سٲنرو۔ بڑنز تہٕ پڑ آرِتھ ہیکہٕ نہٕ۔ دستر خان ہے!

[خدمتگار نیران]

کیا سآکُس چھکھ؟

کنٹ: جناب! مہنیوٗاہ اکھ۔

لیر: کیاہ کران چھکھ وَن ژ یہٕ اَسہ نِش کٲم کیاہ؟

کنٹ: یہ یہ بوزنہٕ چھس یِوان، یُس تمہٕ نِش چھُسہٕ رژھہ تہٕ کم میانی کٲم چھییہ تَس خدمت کرٕنی یُس میہ پیٹھ پَزٕ دہ کرِ۔ تَس محبت کرن یُس پزرس پیٹھ آسہِ۔ تس سِتی کلام کرُن یُس دانا آسہِ تہٕ کتھ آسہِ کم کرانٕ۔ فاصلن چھس کھوژان۔ تیٚلہِ چھس جنگ کران یٚیلہِ نہٕ کہنی پلیم تہٕ بیٚیہِ چھس نہٕ گاڈ کھیوان۔

لیر: گُمرٕ ژٕ چھکھ کیاہ؟

کنٹ: اکھ صاف دل شخص۔ تیٚتھے مفلس یِتھ بادشاہ سلامت چھُ۔

لیر: اگر ژٕ رَیتھ آسُتھ تیوٚت مفلس چھکھ یوٚت بادشاہ، بادشاہ آسِتھ چھُ، تیٚلہِ چھکھ ژٕ پَزی وارٕہ مفلس۔ ژٕ یژھان کیاہ چھکھ؟

کنٹ: خدمت۔

لیر: کمِی ہِنز خدمت کرکھ؟

کنٹ: چھُس ۔

لیر: مالیا ژٕ چھُکھ سأمیہٕ زانان؟

کنٹ: نہٕ جناب۔ مگر تُہنٛدِ بُتھِ تلہٕ چھُ نَنان زِ تُہی گژھِو میانٛ
آغہٕ آسُن ۔

لیر: کیاہ چھےٚ بوزُن نَنان؟

کنٹ: حاکِمی ۔

لیر: کیاہ خدمت ہیکِکھ ژٕ اَسہٕ کٔرِتھ؟

کنٹ: بہٕ ہیکہٕ ایماندار مشوَرٕ دِتھ۔ بہٕ ہیکہٕ گُری سوٲری کٔرِتھ،
دۄرِتھ۔ مزٕدار دٔلیل تہٕ ہیکہٕ بوزناوِتھ وِزِ خراب کٔرِتھ
تہٕ سیۄد ساد پیٖغام تہٕ ہیکہٕ وۄکھ پاٹھی واتناوِتھ۔ یہِ کانٛہہ
عام اِنسان کٔرِتھ ہیکِہ تَتھ منٛز چھُس بہٕ تہٕ ماہِر۔ تہٕ میانِس منٛز
لیۄسہٕ سارِوٕے کھۄتہٕ بڈٕ خوٗبی چھےٚ سوٚ گٔیہِ میانٛ محنت۔

لیر: وٲنٛسہِ کوتاہ چھُکھ؟

کنٹ: تیٚتھٕ وٲت لوکُٹ تہٕ [illegible] ب چھُس نہٕ زِ زنانہٕ گیوٚنِس پیٹھ گژھہٕ
فِلواہ تہٕ نہٕ چھُس تیٚتھٕ بڈٕ زِ زنانَن ہُنٛزِ کُنہِ کتھِ پیٹھ بیقلہٕ۔
میٛہ حِض چھِ اَرنٲجہہ وٕری پَتھ کُن تراوِتھ۔

لیر: ژٕ یکھ میٛہ پَتہٕ پَتہٕ۔ ژٕ کَرَکھ میانٛ خدمت۔ اگر کھیٚن کھیٚنہٕ
پَتہٕ تہٕ میٛہ کھۄژکھ نہٕ تیٛلہٕ تراوَتھ نہٕ بہٕ کیٛہنٛہ ــــــ
ہےٚ تلہٕ ساأنۍ کھیٚن، دۄ یمۄ ہسا کھیٚن! یہِ کتہِ چھُ

میٚون یہٕ بدماش مسخرٕ؟ تِلہٕ سا اَنِو میٚون مسخرٕ بلاوِتھ

[ اَکھ خدمتگار نیران ۔ آسوالڈ اژان ]

ہیو ۔ بیپارٕی ہا ۔ یہٕ کتِہ چھیم کوٗر ؟

آسوالڈ: بہتر جناب ۔ [ نیران ]

لیر : ژٕ کہو بکواس چھکھ کران اَتھ، ہیو ! تِلہٕ سا ہے یہٕ ہچہِ کلہٕ پھِرتھ ونِن واپس ۔ بوزان چھو نا ؟ دوٗ پموٗ ہا ۔ میٚون یہٕ مسخرٕ کتِہ چھہٕ ۔ باسان چھہٕ سورٕے دُنیاہ چھہٕ شوٗنگمٕت ـــــ !

[ نائٹ واپس اژان ] ۔ وونِ کیٚا سا دلیل چھےٚ ؟ کیٚا سا کوٗت گوو یہٕ سورٕ بچہٕ ۔ ؟

نایٹ: سہٕ حضرت چھُو وَنان زِ تہنٛزِ کوٗر چھیٚہٕ زوٗہٕ ناساز ۔

لیر : ییٚنِ آلو کرٕ یوس اَمہِ شکس لدن کوٗ نہٕ یوٗز ؟

نایٹ: حضرت تمیٚ دوٗن میہ صاف پاٹھی زِ سہٕ ییہ نہٕ ۔

لیر : کیٚاہ، سہٕ ییہ نہٕ ؟

نایٹ: جناب میہ چھُنہٕ پے زِ معاملہٕ کیٚاہ چھُہ، مگر اکھ کتھ چھیم بوزنی تِگان زِ جنابَن چھُنہٕ سہٕ تعظیم کرنہٕ یِوان یِمیٚگ تُہیہٕ عادتھ اوس ۔ ییٚتہٕ چھیہٕ نوکرن چاکرن ہنٛزٕ نرمی منٛز تہ تِتھےٚ پاٹھی کمیٚ آمٕژ ییتھ پاٹھی خود ڈیوکہٕ سنٛز نرمی منٛز چھیہٕ اَکھتےٚ تہ ہنٛزِ کوٗرِ منٛز تہٕ ۔

لیر : کیٚاہ، ژٕ چھکھ یہٕ پزی وَنان ؟

نایٹ : عرض چھم آغہٕ۔ غلط ہے کیہنہٕ ژُ نم تتھ دی زیوم معافی۔

میٚہ پیٹھ چھُ فرض واتان زِ بہٕ کرٕ ژھوہ پہٕ پیٚٹھ میٚہ بوزن نگہٕ
زِ توہہٕ ستہٕ چھیٚہ زیادتی سپدان۔

لیر : چانہٕ کتھِ ستی پیو میٚہ پنُن تہٕ احساس یاد۔ کینژِ کالہٕ پیٹھٕ ژیوُن
میٚہ زِ بہٕ چھُس مشرٕ فس تژاوہٕ بجوان۔ بہٕ اوسُس زانان زِ یمے
چھیٚہ بدگمانی بہٕ اوسُس نہٕ زانان زِ بیٚین ہنٛدِس وطیرس منٛز چھیٚہ
سرد مہری۔ وۄں وُچھو بڑ وٚ نہٕ کُن کیاہ سپدِ۔ مگر میٚون یہ مسخرٕ
کوٚت گوو؟ نوٚمن دۄہن دوہن وُچھ لیا نہٕ میٚہ سہٕ۔

نایٹ : جناب یہ سالی کالسہٕ گٹ شہزادی فرانس گَے تہٕ چھُ مسخرٕ تمہ
غمس منٛز ژھیوُمت ہیتُو۔

لیر : اَچِھ مہٕ تُل بیٚیہٕ کتھ۔ بہٕ چھُس پانہٕ تہٕ یہٕ محسوس کران۔ گژھ اُمس
وَن کورِ میانہٕ یہٕ ژ وَنِس۔ میٚہ چھیٚہ تس ستہٕ کتھ کرٕنی [ اکھ خدمتگار
نیران ] نہٕ گژھ نہٕ بہٕ انُن میٚون مسخرٕ یُوڑی [ بیاکھ خدمتگار نیران ]۔

[ آسوالڈ بیٚیہ اژان ]

کیا سا ژٕ چھکھا وُنہٕ بیٚتی۔ تَلہٕ سا میٚہ کُن وُچھ، بہٕ کُس چھُس؟

آسوالڈ : بیگم جانہٕ ہنٛد مول۔

لیر : "بیگم جانہٕ ہنٛد مول؟" آغہٕ ہنٛدِ بدماشہٕ۔ حرام زادہٕ۔ ہونٛہٕ۔
بیچھ ہونہٕ۔

آسوالڈ : حضرت! یمو منٛز چھُس نہٕ بہٕ کانہہ۔ میٚہ دی زِ لو معافی۔

لیر : ژہ چھکھ مینہ بتہ یوان۔ ذُلپلہ ! [ لایان چھس ]

آسوالڈ : بہ ہہ حض کرے نہ چوب برداش۔

کنٹ : کھونتی تہ کرکھ نا برداش۔ نابکار فٹ بالہ کھلاڈیا۔

[ کھورن چھس کھونتی کڈان ]

لیر : شکریہ۔ ژیہ کرہتھ مینہ خدمت۔ بہ تہ کرے محبت۔

کنٹ : تھوودوہ تھ ! وہ تھو۔ ژلو دفا۔ ژیہ ہا تارے بہ فکر تعظیم کتھ پاٹھی پزکرن۔ ژلو۔ دفا ! نتہ ہے بیہ چھکھ بڑہاں دراز سپدن یزہان۔ تیلہ ٹھہر۔ نتہ ہے کاڈی چھی تیلہ گژہ دفا۔

[ دکہ دِتھ چھس نیبر ژھنان گژھتھ ]

لیر : ہے بہ ہسا چھس چون شکر گذار۔ دوستا ! ژیہ شوبی اکھ بخشش۔ [ پونسہ چھس دوان ]

[ مسخرا ژان ]

مسخر : اَدِ بہ ہتہ ہمن بہ کرالیس پیٹھ۔ نٹھ سا بہ میون مسخر کلاہ ! [1]

[ ٹوپی پلناوان کنٹس کن ]

لیر : دوپھے ہا ٹاٹھ بدماشا۔ خاہ ے چھا ؟

مسخر : جان رونہ ہے ژے تلہ ہکھ میون کلاہ۔

لیر : گو بہ وَن سا گیاز ؟

مسخر : گیاز۔ اَدِ کنہ نتس بستی چھکھ پکان ییس تہ ستی مارو ے پکن

---

[1] : COXCOMB

ترٛاوِمٕت چھُہ۔ نَہ نَہ۔ ژٕ ہیککھ نہٕ تۆتام اُستھ یۆتام واو پھٕہرِتھ چھُہ۔ ژٕ یہٕ لگی جلدٕے ژھٕٹھ۔ رٕژھ سا یہٕ میٖثون مسخرٕ کُلاہ۔ وُچھِو سا یہٕ گوو یٖمی پٕنٕنہٕ کورٕ ژٕ کَڈِتھ ژھنہٕ۔ تہٕ ترٛیٚمہ اُکِس دِژٕن پٕنٕنہٕ مرضیہٕ خلاف بخشش۔ اگر ژٕ تَس پَتہٕ پکھ ژٕ یہٕ پزی میٖثون کُلاہ دِیُن۔ وَن سا پیٚچا[1] ! ہا ے میٚہٕ آسہَن ژٕ مسخرٕ کُلاہ نہٕ ببیٚہٕ ژٕ کورٕ۔

لیئر : وَن سا گۆبرا کیاژٕ ؟

مسخرٕ : اگر بہٕ تِمَن پٕنٕن سوروٕے جاداد دِمہٕ ہا، پٕنٕنہٕ مسخرٕ ٹۆپہٕ رودٕہَم پانسے۔ یہٕ چھے میاٰنی بہٕ اکھ ٹۆپۍ، بیٚیا کھ منگتہٕ کورِن پٕنٕنِن۔

لیئر: خبردار چھُکھ۔ قمچِہ چھیہٕ یاد پے ؟

مسخرٕ: پۆزٕ ے چھُہ ہوٗن گرٛٹھِ پٕنٕنِس مُرِس مَنٛزٕ ے روزُن۔ سہٕ گرٛٹھ قمچِہ وٲتِھ کَڈِتھ ژھٕنٕن۔ یٚیلہٕ زَن ہوٗنٛژٕ آسہِ الادَس نِش ژہٕتِھ نہٕ پھکھ آسِس پیوان۔

لیئر: ژٕ بنیوکھ میٚہٕ کیٖژھ مصیبت۔

مسخرٕ: بوز سا۔ بہٕ ہیچھِناوَتھ ژٕ اکھ کَتھ۔

لیئر: اَدٕ سا نہٕ وَن۔

---

[1]: UNCLE لفظس چھُہ ژاٰنِتھ NUNCLE بناونہٕ آمُت۔ لہٰذا گوو چچا بدلہٕ پیٚچا وَنُن۔

[2]: LADY THE BRACH.

